پننی کسھ وَننی!
پڑپڑہ نُن پڑپڑ ننی!
شڑپھوڑ وپھڑنی!
سنہڑ وپڑار کرُن!

بُوُز رِتھ وارہ پاُٹھی!
تڑاآروتھ ٹاٹھُو اٹاٹھی!
پکھنڈی تےَ پاُئٹی!
سنہڑ وپڑار کرُن!

یِٹِیتر سوُرے چھُہ شڑپیان
تیتہ ما پیان وپہان
ٹُنتھی چھہ بھگوان دپان
سنہڑ وپڑار کرُن

سیدہ بڑہم سُہ آتمہ گیان
پوَرن مے سُہ ژرے سان
گمت ویکوُنٹھ، وگنیان!
سنہرہ وپڑار کرُن

سِری لیس ما چھ ژھاے
کھوُد دُوکھ اِمہ شاے
ماپہ ڈُلنے تھیہ گراے
سنہرہ وپڑار کرُن

یُژ گاٹھ بیٚتھ گاٹے
ترٛاوِتھ پھٹہٕ پھرٛاٹے
پھُٹہٕ کیا تِ بہرواٹے
سنٛہرِ وِہژار کرُن

بھگوان اَوناشے!
اَوناش آکاشے!
گٹہٕ اُسی تَن تہٕ گاشے
سنٛہرِ وِہژار کرُن

تَس رٛوس یِی زہٕ زانکھ!
تِ تِ ٹھوٗر زہٕ مانکھ!
روژُک تہٕ بجَیا نکھ!
سنٛہرِ وِہژار کرُن

سنٛشکایہ مَنہٕ ترٛاوِتھ
یِم یُتھ گیہ پرٛاوِتھ
ساُدِتھ رُوٗدی ساُدِتھ
سنٛہرِ وِہژار کرُن

پژمیہ سرٛیہ دۄہوٗنے
زٕمیہ لگہٕ ہنہٕ ہتَنے
پان لگہٕ تٔلہٕ کنَے
سنٛہرِ وِہژار کرُن

نوَ دواے مَنٛدورے
ژُھ پأری مَن دورے
لبہٕ نتھ ترٛ پوٗرے
سنہرٕ وٕشرار کرُن

وارٕ بیٚلہٕ وُچھی زِ منٛدر
رُوزی زِ نہٕ تتھ اَندَر
انٛدٕ وند شامہٕ سنٛدر
سنہرٕ وٕشرار کرُن

للہٕ وٕین چھُ للہٕ وُنے
بالہٕ گوپال کُنے
وٕٚن کتھو چھُکھ نہٕ انٛنے
سنہرٕ وٕشرار کَرُن

وٕنمُت یہ سوٚآتمہٕ یٚژے
سنہرس پژاو پٛژے
شم تہٕ دَم ناو گژے
سنہرٕ وٕشرار کرُن

پرمانَنده وٕنٛدَس
کرشنَس پان وَنٛدَس
سوٚنتس کیا تہٕ وَنٛدَس
سنہرٕ وٕشرار کرُن!

# وَژُن

اَپأری یَپأری پانَے ژہ پأری
بہٕ پأری لگَس نایے لولو

شاہ پأنی پانَس شاہ نِتہ کمیٔ کھأری
ہیشازِچ گیٔس ژٲیے لولو
زینہِ چھُ باپأری ہأرِتھ چھُ زأری
بُہ پأری لگَس نایے لولو

ہردِ کیاہ کوّر نہِ یاتَے بہأری
یِم زاے تِم گَیہٕ زایے لولو
یِم آیَے تِم آیے منٛوٗرکھ نہٕ کُمی مأری
بُہ پأری لگَس نایے لولو

سُے دپہِ پاپنی ما کھَسنَم یأری
لوٗپے دپہ گیٖر لاہر لاپے لولو
دپہِ لون وُنی ہُٹرٕ یُٹرٕ ہشٲرم یأری
بُہ پأری لگَس نایے لولو

اُسے لۄب تِمَوِ یمَے تمیٚ گاٹری!
نِتہٕ چھا اندٕن یِہ نیٚشایے لولو
رۄد نیا تہٕ مۄد، سۄد نوٚقصان کمیٚ ژاری
بٕہ پاٹری لگس ناییے لولو

کرٛالَن ماتھُرِ گرٕی یم تہٕ ما کھاری
یم کھیٚلہِ کمَو ڈرٛاییے لولو
تِج ژھُو چوٚپاٹنٕ یاتے ژماری
بٕہ پاٹری لگس ناییے لولو

واتہٕ نا وادس سُہ ساد مکاری
داپہٕ اکہٕ ژلِ ہم والییے لولو
دوٚہ پیٚنم ژٕہ بلکھ ژالکھے بیماری
بٕہ پاٹری لگس ناییے لولو

مرِدہٕ نہٕ کوٚنشرِ ہا نہٕ بلبَن یم ساری
موٚتھاو ووٚنڈس کرٛاییے لولو
پرمانند ہیتھ چھُ ساڑی تیاری
بٕہ پاٹری لگس ناییے لولو

# وٕزُن

وُزِہ مېٚنہِ سُہ پۆشکاشہ
نوِٚ نوِٚ باشہِ بوز!

چھَہ کرٛان زٕہتھ آکاشہ
نٔبتہِ نٲمہِ تتھ کھسِہ ما
دٔراو بُوزِتھ رِتی زِ واشہ
نوِٚ نوِٚ باشہِ بوز!

وُچھ نہِ اَچھو زانِہہ سُہ گاشہ
چھِہ نہِ زانن وُچھی زِ کیا
سارِنی گوٚمُت یہِ خاشہ
نوِٚ نوِٚ باشہِ بوز!

سوٗر تہِ تی تِی ییتھ نہِ ناشہ
ییہ کێنژھا نیرِ نا
چھُنہ ژھارُن سَہ فاشہ
نوِٚ نوِٚ باشہِ بوز!

ہوش کیٚا ریتھ ژھوچہ آشہ
روزِہ ہنٛدٕے پرٛاہ چھُنا!
لوٚگ زلرُ زالس قلاشہ
لوَ نوِ باشہ .بوز

نقش بنٛیا ژانٛہہ نقاشہ
نقش بہناوُن مُدا
سیٚدِہ ورُق ہیتھ تہٕ تراشہ
لوَ نوِ باشہ .بوز!

پرمانٛدہ آشہ پاشہ
گلُ چھُنتھ بدٕلن ژ کیٚا
ٹیوٚکھ موٚدرُ یہ واشہ واشہ
لوَ نوِ باشہ .بوز!

# گوورٕدھن لالو

گوٗڑہ گوٗڑہ کرٕہ یوٚ گووَردھن لالو وے
آنندہ گیٚنہٕ میانہ تندہ بٕرٕ یو تھالو وے
ہم سۭی سُوہم اوٗم کٔشرِہ نٔنٔرہ لالو وے
پَم پھوٚلہ اوٗمہ سۭتی ہم گلِہ سوخالو وے
دَمہ شمہ اٗندرِمہ اوٚمہ چی کر مالو وے
دٕرِچھ ادہ پرٛنرٕلی آتمہ سنبرمالو وے
مینہ چے بُترأژ پوٗرہ نکُ دیوٗ آلو وے
پٕرِھ ہنزہ دانہٕ جورہ یٚیژرِھ ہشٕرِہ الِہ ہالو وے
دَرٕمک سوٚتھ گژھِہ کرِمہ کھیت سنبالو وے
ییٚژرِھ ہنزہ ٹھندہ دِس برِی بہ چُرٕ شٕڈ ژالو وے
راژِھ پھیرِمس کھوچہ سون کھالو وے

ۂلہ بٔبلہ نیری تنارِ مینٔی گوپالو وے
یارِ گوپالس ناٗلی موٚنختے مالو وے
سوٚ پھل سانٔپنی شرٕپھل نبرمالو وے
آکارہ ہبرِہ کھس نبر آکار ھیمالو وے

گۆڑہ شبدہ بیوٗل وۄگۆڑہ گوکھ منتٕوالووے
شش کلہٕ زلہٕ سیٖتۍ سگہٕ ناوٗن تھاووے

بَختہٕ دِژاتہٕ لون تن ہُسی گنڈٕ مَس والووے
کام کرودھ لوٗب مُہہ مدہ عنقلہٕ زالووے
لاوِہ لاوِہ سوٗمبرٕنِ سنتوش رَزِہ کھالووے
گہتہٕ لد لوٗکٕ ہنرگوٗن ییہ سالووے

داسن بنتہٕ نیاسس نہر ویاس ژہنہ زالووے
زنزٕ واس میلِی گنیا نٕکٕ ژونگ زالووے
یرٔھِ یشھِ منتھ ارگہٕ برتن تھالووے
پوٗزہ لاگ اپشرس منہ ہمپوش مالووے
تَسنہٕ کرس سوٗندرس لاگ ڈہانگل نہ زالووے
نۆہ تُنزِہ لبہٕ ہن لال منہ لٔلے لالووے
یوگہٕ شنتہٕ پڑاو کھ پرمانندہ ژنہٕ مالووے
نپشکلہٕ ازنے چھاونے شش کالووے

# وَژُن

یِی چھکھ تہٕ تِی چھکھ، چھکھ نہٕ بیٚن وُچھوٕن یے
اَچھن ہُنٛد گاش پانہٕ اَچھو وُچھوٕن یے
وُچھُن چھُ چھوٚن وُچھِ وُن گٔژھ وُچھوٕن یے
یِی چھکھ تہٕ تِی چھکھ چھکھ نہٕ بیٚن وُچھوٕن یے

یِی چھکھ، تہٕ تِی آس تڑاوٕ انشایے ادِیاسیے
نیشے کلے رۄس چھٕنۍ رِوٚاسیے
متہٕ دھرمہٕ کرٛیا وَرنہٕ آشرم سنیاسیے
یِی چھکھ تہٕ تِی چھکھ چھکھ نہٕ بیٚن وُچھوٕن یے

اننت ویدو وٚنمُت چھکھ اَنادِیے
نہٕ ذٚتپسی شٔرٛوژِ ہنٛدے پڑتادیے
سُروٚہ آتمامی یتہٕ سروہ اُپادیے
یِی چھکھ تہٕ تِی چھکھ، چھکھ نہٕ بیٚن وُچھوٕن یے

اڈمس ارتھس اڈہ کس نِپایے چھُ رُود مُت یے
اڈما چھُ پڑ پلے اڈم زِنٛدَے چھُ مۆدمُت یے
کِتھ پان سۆنبَس یِتھ زشونگمُت چھُ اُدمُت یے
یِی چھکھ تہٕ تِی چھکھ، چھکھ نہٕ بێن وُچھون یے

رِیم رِیم ادِباس ناناوزِ چھُک کھارنَس تے
سم شپہٕ اَپزے پھزٕ تہٕ اپُز چھوہ کھارنَس تے
سُتہٕ سِیدِہن سادَن سٕتئیزِ چھوَہ کھارنَس تے
یِی چھُک تہٕ تِی چھُک چھُک نہٕ بێن وُچھون یے

وُذنہٕ یوان تلٕ کرتری کلایہ تے!
ڈُس چھَہ ٹاٹھ شوڈٕ شئے کلایہ تے!
چھَس کِہٕ کلابے زوٛنمُت شکھتہٕ کلایہ تے!
یِی چھُک تہٕ تِی چھُک، چھُک نہٕ بێن وُچھون یے

نہٕراکش روزِتھ گندہ نا پرمانداُس تے
دُسے تہٕ دُورِ یہ کاسم پرمانداُس تے
آمُت صلاح رُت رُت پنُنس دوٚنداُس تے
یِی چھُکھ تہٕ تِی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بێن وُچھون یے!

# وَژُن

اَمرٕ پانو بٕرم سَمسار چھُے
آدٕ دیوٕ بُٹنگ ژٕہے آدپکار چھُے
ہارو رٔو ستےٚ بَجھوہ سَبٕ نار چھُے
سَت وِشرار ۔ سَت وِشرار

آبٕ اَنٛت شبدَن منٛز اوٚمکار چھُے
ژٕ پرٕتی منٛز از پازٕپ سار چھُے
دھیانہٕ منٛزٕ آتمکُ دھیان شُبدار چھُے
دارنا دار ، دارنا دار !

بُرہمٕنٹھ ییٚتھ پرالبدٕک ولوٕہ ہار چھُے
ییٚتھ بُرہمٕنٹھ نیرنٕ تہٕ پھیٚرُن نٕہ وار چھُے
بھاأی بنٛدٕ یَب ماج کُس ژٕ بیہ درکار چھُے
کرٕ ژٕہ ہیتہٕ کار ، کر ژٕہ ہیتہٕ کار

پَرأدِ پنہٕ مُرکھہٕ بوز لوکچار چھُے
یاونَس مٔنز کامُک اندھکار چھُے
بُجرَس تہٕ ہیکنُک سنکلپہ یار چھُے
کرٕ پھٕرشہٕ کار ۔ کرٕ پھٕرشہٕ کار

مُہنہٕ سٔنٛدرٕ شُمہٕ کٕنہ یٚندرے دار چھی
یِم پارِ گیٔ تِم دِشہٕ اوتار بچھی
داہ شُمرأوٕ داہ خدمت گار چھی
کرٕ ژٕہ دَشہٕ ہار ۔ کرٕ ژٕہ دَشہٕ ہار!

تٔمبرٕ دأراگک خاصہٕ سبزار چھُے
شیوٕ شیوٕ بولان پانہٕ آبشار چھُے
بہہ کھیَ لاگہٕ روٗس وُچھنَس وار چھُے
شأنٛت شالہٕ مار ۔ شأنٛت شالہٕ مار

گٔنڈِہ شٔرتھٕنی لوزُن درکار چھُے!
تَوِ پتہٕ اَدِ منٛہ نکُ آدِکار چھُے!
نٔرِی یاسَن زِہن تورِ تیار چھُے!
ساکھشات کار ، ساکھشات کار

اَکھ آمُت کھکِنہٕ ہُند موٗختہٕ ہار چھُے
پانَس نالہٕ ژھِنہٕ تَگ تیَخنیار چھُے
کُس مناہ چھُے کران کُنہ بقرار چھُے
چھُکھ ژٕہ موٗختار، چھُکھ ژٕہ موٗختار

کمِس کارہ یار چھُے، کُسوٗ بے کار چھُے
ناحق دِہہ ورشِہ ہُند انہٕ کار چھُے
مَن زِبن وٕیدچہٕ زوٗر بقرار چھُے
صاحبِ کار ۔ صاحبِ کار

ہاہ بُر لارِی نہ یوٗد ستعی کھار چھُے
اَس داہرا اَوِتھ نفسی کھار چھُے
ہٕئ البدکی کھل سوٗرِتھ ہیتہٕ لار چھُے
گرٕیٹہٕ اَزار ۔ گرٕیٹہٕ اَزار

پرمانندہ ناو دُنیا دار چھُے!
لوکن ہُند ہیوٗ ژٕنیہٕ ترٕ دلوہ ہار چھُے
دلوہٕ وقفی پانے ترٕھونہٕ سار چھُے
سرودہٕ آدِکار، سروہٕ آدِکار!

# وَژُن

یٚندرے کوٚرُن چھُ اَندرِمہ گگنے
لگِہ نے تتہ کُنہ تہ کیاہ ارزُن
بوٚدمُت ڈُوٗر چھُم تہ تٔرِہ کوٚہ سَگنے
لگِہ نے تتہ کُنہ تہ کیٛا ارزُن

کھاُرِتھ ہیم پڑان چاُرِتھ رگہٕ نے
شَمہٕ دَمہٕ شمہٕ ماہٕ داو وَرزُن
شانتہٕ سُتہٕ پماوہ پرووُم ہیگہٕ نے
لگہٕ نے تتہٕ کُنہ تہ کیٛا ارزُن

اوٚگنِس اوٚگنِس ماکھار ژوٚسگنے
یِی زانہٕ سُتہٕ زَن تہ یِی دُرزَن
شے ژہتھ آکاش پٕژی بیٛاکھہ ووٚگنے
لگہٕ نے تتہٕ کُنہ تہ کیٛا ارزُن

توٚطے چھُ دانہٕ تہ نیرے دوٚگنے
سَروٕ تاپے ٹھوٚر چھُ سہ ٹھُکُل ورزُن
ٹھُمرتھ پراوِ نَس پٔرہ لکہٕ سگنے
لگہٕ نے تتہٕ کُنہ تہ کیاہ ارزُن

شَبدِ نِبرمان یُس سُہ پَرکاش اُگنِے
بُرٕزٕوُن چھُنہٕ پانٔی پانہٕ پُزرُن
تَگِ تَگِ تیاگ گوم وُنہٕ چھُم نَگہٕ نِے
لَگہٕ نَے تتہٕ گُنہٕ تہٕ کیشا اَرزُن

زانونا ذات کالہٕ وُچھ ہَوس لَگنَے
گوہو گوٚن ہیوس طوٗر طَرزَن
اَدہ ووٚن کوٗی یوٗنگہٕ نَہ تہٕ گَمنِے
لَگہٕ نِے تتہٕ گُنہٕ تہٕ کیاہ اَرزُن

پان زانِتھ تہٕ پان دٔروگہٕ نِے شٔروگہٕ نِے
چھُنہٕ بُندرازٕ اکھ تہٕ بیشاکہ اَرزُن
ٹھگہٕ نَے بیوٚن بیمہٕ روٚ ستےٚ دَگہٕ نِے
لَگہٕ نَے تتہٕ گُنہٕ تہٕ کیشا اَرزُن

اَنیوٚ نبتا اُن چھُ تمیکےٚ دِ گہٕ نِے
کرمہٕ زوٚن بیمہٕ زٕ تیاگ گوس غَرضُن
پرماتمانٕ تَس روزِی الگہٕ نِے
لَگہٕ نے تتہٕ گُنہٕ کیشا اَرزُن

# وُڈُن

ڈٔستھ دفہ وفونٛ کس چھے پڑاٚرن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی پیے

یوٗت کیاہ چکہٕ چاو چھے لوکچارُن
پتھ کالہٕ ییٚتھی تہٕ ییٚتی آسی پیے
کونٛچہٕ کرٕی کرٕی گوکھ کرٕ ینجہ پوٗزٕ سارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی پیے

ژٕوٗرس پزٕہ ہے کلٕے تھارُن
اَکھ ہیتھ ڈٔلیاو پھاسی پیے
اَکھ رزٕ آسیس کاٹھس کھارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی پیے

کینٛہہ چھنہٕ لارُن تہٕ کانٛہہ شاہ لارُن
پمپوش زٕہرٕی ہیتھ کھاسی پیے
بودھ کرتہٕ دودٕ نشہ پوٗزٕ گرٕ ژارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی پیے

بُجورس کیشاہ گرہ  دارُن تہٕ پارُن
بالہٕ پانہٕ آس سُنی یاسی یے
کالہٕ نِشہِ موکلِکھ تہٕ  وانکھ نہٕ مارُن
تارُن یہ پان  پانہٕ آسی یے

پرٛاتاہ کاس  تٕہتھ اُدھارُن
آسنہٕ سروہٕ اَنگہٕ نیشاسی یے
ویراڈہٕ رٕٹہِ دمصیان پرٛان سندارُن
تارُن یہ پان  پانہٕ آسی یے

اوم کے شبدے  دارنا یہ دارُن
کھٔمیکہٕ یوگہٕ  ابھیشاسی یے
سوٚمنش سُمرِتھ  پان وِچارُن
تارُن یہ پان  پانہٕ آسی یے

ناوٕ بندہ بُوگہٕ بیول سوٚم ہیتہٕ ہارُن
بوٗدہٕ بُومہِ اَنشہٕ آسی یے
گِنتیاہ پھلہِ پھلہِ کھل ہیتہٕ سارُن
تارُن یہ پان  پانہٕ آسی یے

مُکتی مۆختہٕ چھےٚ دانہٕ داپنہٕ کھارُن
سۆنٛہ ہم سۆ۔ طولاسہٕ سیٚیے
ہیۆن ہیۆن کھپرہٕ سُمبدرہٕ گرٛزہ پھیارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسہٕ سیٚیے

پرمانندہ وٚفہ نٚدہ بھگوان گارُن
مَنٛز رُوزِتھ تہٕ وَنوٚاسی سیٚیے
مُہہ نِس جنٛگلس سٔنگ دِتہٕ نارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسہٕ سیٚیے

# اَمرناتھ یاترا

مَنتَر پَر شیوِ ے شِوٗ مبگو!
منتر کر پوزن پڑ بھگو!

دِہہ گو ژہتھ آنٛدرہ لِپنگ
مَنہٕ پیٹھس پیٹھ بیوٗٹھ ننٛگ
لوٗکھ ڈُپی تنس کاٚلاہ شنٛزنگ
مَنترٕ کَر پوٗزن پژبھگو

کُن تھوٗ ہرہ سوٗتی چھےٚ ونَ
وُنی وُنی نہٕ پانہٕ چھےٚ نا سنَن
ناہہ رہہ بیوٚن بیوٚن بیوٚن بُنَ
مَنترٕ کَر پوٗزن پژبھگو

گہوٗڈِہ گڑِہ شَرن گوٚرہ پادنےٚ
سوبےٚ مُوٗکھ ہنز وَنہٕ سادنےٚ
کُن تھاوٗ میہانین، نادنےٚ
مَنترٕ کَر پوٗزن پژبھگو

ترٛاہس مام پٔر یاوترا ژٕہ کٔر
ۂر موٚکھ پٔننۍ پان وٕر
گوٚپھہٕ میأنۍ یہ گوٚپھہ برابر
مَنتٕر کٔر پوٗزن ، پٕرٛبھو

گوڈٕ گَنپَت یاژک گنیش!
دِمۍ موزان رۄزِتھ چھہ نیٛش
مولا دارہ دارُک ہیش
منتٕر کٔر پوٗزن پٕرٛبھو

بٕرٛہماسٕنۍ تٔس سٔترٕ ہٮ۪تمہ کرٛتار
سواد دِشٹھان شرٛاہ ، یار
شَٹ ڈٔل شَٹٕ موٚکھہٕ زن کمار
مَنتٕر کٔر پوٗزن پٕرٛبھو

شوٚبہٕ پورٕ پھیرہٕ کونڈلِنی
پھیرٕ وُنۍ پٕران تٔس زلِکنی
سَتہٕ سَمنٛدر سٕنۍ ، وُنۍگِنی
مَنتٕر کٔر پوٗزن پٕرٛبھو

آسِتھ ڈلِتھ وِلادکمپوش ڈل
یوری پھیبرِ تورکن موژرہ ڈل
وِشرار اچھ سمسارہ ڈل
مَنتر کر پوزن پرِبھو!

ہیوٚر ہیوٚر پکھ تیوٚر تیوٚر وات
دوٗر پیوٚمُت چھکھ کوہ وِشات
گَتھ ترٛاو پنج پوز ، کَتھ تہ بات
مَنتر کر پوزن پرِبھو

ترٛتھ روٗس ماکنہِ کونہہ پوٚداہ
ویدن تہ اوٗمکارٕ دَن پرٛاہ
زیوٗن مکُت پر آتما
منتر کر پوزن پرِبھو

لیٖلایہ چھےٚ امرناتھ رٕچی
دِہرہ وار ساٹی ایکاتچی
شمہ دَمہ گوٚچھ پرشانتچی
منتر کر پوزن پرِبھوا

نابہٕ ولیشہ دشہ ڈل سنگمس!
یمی پاٹھی گَھ ست سنگمس
گرشنس نِھاور زنگمس!
مَنتر کر پوزن ، پرِبھو

مندر مُچھتِہ وُچھتِہ ژندرٕہ یار!
سأنِینی تِتی ھُرہ ژندرہ یار
دِزہ اپشرس زنمہ زنمہ پار
منترٕ کرٕ پوزن پرٕبھوٗ

کٔژ ترأوِتھ وات تھٔجٕ دور
لٔجٕ تتھٕ شیوٕہ ۔ جٹا ژوپور
أنا ہرہ منٛڈس ژہ تھٲو کھور
منتر کر پوزن پرٕبھوٗ

ژلیف ژوہ نڈ ہتھ وات ژونڈہ پل
وے شودہ ژکرچ زِلوہ تھل
دِلوہ پوز کر زِلوہ یادہ ژل
منتر کر پوزن ، پرٕبھو

منٛز وات کھیلہ نس ژہ کھیلنس
پانس پانے ژٕ میلنس
نیل زن تہ تپلس تیلنس
منتر کر پوزن ، پرٕبھو

واتہ کھئے ژیۆ وَتہ وَتہ ویہ رینزن
شَتہ پھی ہہ واتان ویہ ریشن
ورزہ واوِہ سُنتہ بلہ ویہ ریزن
منتر کر پوٗزن ، پرٕ بھوٗ

مَنز لشہ ڈوٗر کرِ بی ویکھیف
نأویتھ گنیشس سورِہ لیف
زلہ نے ہہ تبلہ گورتنہ دلیف
منتر کر پوٗزن پرٕ بھوٗ

پُشراو پان بزمی شوزس
وأنتھ روز مابلی شوزس
پریدِ کھینس کرکھ ینتھ منزس
منتر کر پوٗزن پرٕ بھوٗ

أندی أندی پھیر زکرہ وَرہ ہی
پریدی کھینس کرزہ مندرسی
دلوہ پوٗز شبلے سوندرسی
مَنتر کر پوٗزن پرٕ بھوٗ!

بڑگہ تر تھ پیپڑ چھے سونرگہ دار
ورگہ نشہ مُشر تھ مو ژرہ پرار
بھاوِرہ اَرگہِ پُشپہ پُوزا چھ سار
مَنتر کر پوزن پڑبھو

کنٹھ دیس یُس چھ ژرہ داہ بھَون
نیلہ گنگہ پیپڑ بوز واوجن
تتہ تور یوہ نی لوُت روَن
مَنتر کر پوزن ، پڑبھو

منزل چھ منزہ منزہ واریاہ
ژھوٹ وَنُن موٹ بوز واریاہ
اکڑیا دارہ چے ِنی کریا
مَنتر کر پوزن ، پڑبھو!

لازم چھ ِنی ِنی رتی وَنو!
نمنہ واری واتو کور وَنو
تھکہ یُس دپہِ بِکہ ہا وَنو
مَنتر کر پوزن پڑبھو

ییٚنزلہِ ترٛاوِتھ رٕینٛزہ بَل
پاوِتھ نشانَس مو ژرہ ڈَل
دَھرمَس کرمَس سورہِ پھَل
منترٕ کر پوٗزن پزٕسجھو

اِیشرٕ دیشرٕ وہ تہیم شیشہ ناگ
ہیکہ کھےژہ ہتہ دہن تہ رات زاگ
راگ ترٛاوٕ پزٕاو میا دٲراگ
مَنتر کر پوٗزن پزٕسجھو

تیٚشاگہ پَنٛژہ گرِتھ پنٛژہ ترٛنگ
ستھ سمندرو کےٚ ژہتھ ترٛنگ
پدمہ نابَس چھم یم تر رنٛگ
منترٕ کر پوٗزن ، پزٕسجھو

کھَنہ اَستہ اَستہ پانشرالہ سی
شوٗ ہمہ بارو بالہ سی
ٹھکُہ بُتھنہ لگہ تتہ لالہ سی
مَنتر کر پوٗزن پزٕسجھو

زِندٕ روز بوز زِندَے مرُن
گرٕ بِہو یا ترایِو اَپور ترُن
سَتہ بِی چھُہ سَتے رِشو وُرُن
مَنتر کَر پوٗزَن پَڑسبھو

شوٗز رِتھ سَنکلپہٕ زَشہِ مَن
دیشہٕ راگہٕ زَشہِ کالہٕ وٚیشہِ مَن
شِہلِتھ اۆنشہِ اَیٚشہِ مَن
مَنتر کَر پوٗ زن پَڑسبھو!

چھِچے پڑاپشَن تَنترٕ تَے پِشَن
وَڑما تر وے کھوٚری ما پشَن
گیٚژھ اوستا ٹِپے ر بٕشِبن
مَنتر کَر پوٗزَن پَڑسبھو

بھاوِہ اُمراوُتی سپے ژٕہ ناو
کل بوت چھَل گڑبستہٕ باو
شپہٕ پادَن پان پُشراو
مَنتر کَر پوٗزَن پَڑسبھو

رٕوٗدمٕت گَہ پھٕے یُس شٕوِد تہٕ لٔد
نَوندِ اُدِھن تُس تہٕ اَشٹہٕ سِید
آکاشہِ وَتھ کُنہٕ نہٕ گوٗٹ تہٕ ووٗد
مَنتر کَر پوٗزَن پٔرٕبھو

یُس چھُ پَرماتما وَنکھ ناتھ
یُس چھُ بٲرو تہٕ بتال ساتھ
ہُمہٕ گرٕ سَویم ور وِشاتھ
مَنتر کر پوٗزَن پٔرٕبھو

نشگہٕ لوٗت ثہ ہنگہٕ تَےمَنگہٕ روز
الپشٕر دَرشنہٕ شُبَد بوز
لَے گژھ ژٕ دھیان دیرِ گرٕ سوز
مَنتر کَر پوٗزَن پٔرٕبھو

گوٗپھہِ مَنتر گَھپھے وات پَننے
ژاو دِےوِے تہٕ دِونا دَنے
چھِنہٕ چھِنہٕ یِم بوٗت کُنے
مَنتر کَر پوٗزَن پٔرٕبھو

کُنہِ مَنٛز چھُ لال سُے مَنٛز مَنٛز
چھوٚنرُک شٹرونٛشٹروٚنی رہنز مَنٛز
ژٕھکَر ژٕ دِہِہ آرٕوَنہِ مَنٛز
مَنتَر کَرَ پٲزَن پٔژبھو

سوٚہمہٕ شبدہ پٔژیمہٕ پَرتوَے
اَگنیا سِگھَرس تٔراو رَوَے
تالوٕ کوٚہپوٚت آلوَے
مَنتر کَرَ پٲزَن پٔژبھو

سَہسٕرٕ ڈٕلہِ یِ گَنٛتہٕ ژٕ پٔژاو
برٔہمہ اِنٛدرس چھُ نِشکل سوٚبھاو
دَمہِ چیٚ دَمالَے کَرِ تہٕ کٔژاو
مَنٛتر کَرَ پٲزَن پٔژبھو

پکہِ وُن دٔشاس مَتہٕ مَتھان
متھان گوٚ زِیتہٕ بہسان ووتھان
سمادِ مُنٛزیُتھ ہیٔو وہتھان
منترِ کَرَ پٲزَن پٔژبھو

پَنٕنے چھُ پأنٕ پانَس ژُمُن
یِمی ژُمُن تِمی سُمُن تَے شُمُن
اُتی وُہُن لولہٕ نار اُتی ہَمُن
مَنتَر کَر پوٚزَن پٕرُبھوٗ!

یُیتھ ستھان چھُنہٕ پٕرٛوُمُت یَمَن
رَتمیہٕ وُسے نِرون بٕروٚنٹھٕ آویمَن
پَرماتما پٕرنہٕ زیتھ یِہ مَن!
منتر کر پوٚزَن پٕرُبھوٗ

تَنتر پھُوٕ رٕوُنی اناہتہٕ ناد
سوٚپنہٕ اَنتھ تہٕ سوشُم تایِہ آد
تُریا تہٕ تُریا تیتھ سَماد
مَنتر کَر پوٚزَن پٕرُبھوٗ

جتھیں جوگی اَر بٹرا
ناگریت سوٚپُن مدگلا ریڈا
او ترا وہاں کوئی نا چَڑا
منتر کر پوٚزَن پربھو

بوٗڑا کمل میں جب وُڈا
اپنا ہی وانی سب گڈا!
اور تھا کوئی نا ہی بڑا
منتر کرَ پوٗزن پڑبھوٗ

پھیرتھ یڈا یِہ کنہِ سنگمس
رسہ پوٗرنہٕ سے کھوٗتمُت تہٕ وَس
تتہٕ شرٛاد کرٛان چھےٚ یَس تہٕ تَس
منتر کرَ پوٗزن پڑبھوٗ

گوبچہٕ ژُل ژٕ ترٛاوتھ تَس شوٗس
یَس رٕوٗس چھُنہٕ کوٗنژھا ژیٖتَس
پان پُشراوُن چھُےٚ ژیٚہ تَس
منتر کرَ پوٗزن پربھوٗ

شوٕ شوٕ وھیشانہٕ نشہٕ موژٕ ڈَل
ژَم چھےٚ پڑکرِتھ پوٗرشس پرٛول
کوٗر پیہٕ ژیترٕ کار مایایہٕ ژھل
منتر کرَ پوٗزن پڑبھوٗ

یُن گرٔژھن چھےٚ ژھینہٕ ماترا
گیانہٕ نیَس چھُہ یلِہ وُچھُن یاترا
پٔننی چھہٕ ؤننی وارتا
منترٕ کرٕ پوٗزن پژھو

ترٛوٗپ نۆوار وات لۆدِل
واٚتتھ ژٕلی دٕ نیِچ وٚدٕل
دِیُہہٕ یاترا یِلِہ گیِہ سوٗفل
مَنترٕ کرٕ پوٗزن پژھو

پھیرٕن چھےٚ نہٕ اٚدٕ ترٛسبوٗنَس
واٚتتھ یتھ ویشنہٕ بھاوٕنَس
یُملَس تہٕ کملَس باوٕنَس
مَنترٕ کرٕ پوٗزن پژھو

وُزٕنَس چھُہ جل نبرٕکٕل اُجَل
نیتہٕ نیمہٕ تٕس بھوانہٕ بَل
وُزٕمنہٕ وات بھوانہٕ بَل
منترٕ کرٕ پوٗزن پژھو!

دِہی چھےٚ وۄنمُت دِیوہ دار
سَمسارِہ جنگلُک دِوٕ دار
دھیان کرٕ دھیان زان دِہی اُدار
مَنتٕر کرٕ پۆزَن پٔرسجھو

بِرگیہِ پاد پۆزسَم سورگیہِ نیٚشر
چمکی شہ تیٖز کاسِنی بَرنیٚر
ژٕلیہِ نَے زَنمہِ زَنمکو بَکھیٚر
مَنتَر کرٕ پۆزَن پٔرسجھو

بَرگیہِ ریہیہِ نوٗ دُرگاژٕ مان
سورگیہِ لوٗکی چھی تَس نمان
پَشِٹہِ دیوی ژٕیہ پٔنٕنی پَرمان
مَنتٕر کرٕ پۆزَن پٔرسجھو

دیوی سو پاروٗتی ستی
ماجے وۄنگھ ہیناوٗتی!
شوٗتَس وآئِس آوِیتی!
منیٚتر کرٕ پۆزَن پٔرسجھو

شیوٕ شکتھی اَکھ نامہٕ ریپہٕ بیوٗن
پانہٕ .بوز مانہٕ کیٛشا توٗن وۄڈنُن
پَرمانندٕ پانَس بَنُن
منترٕ کَرٕ پۆزن پٔرِ بھوٚ

ہی دیوی میٚیہ دَیا کَرُم!
کَرمہٕ پھَل وُچھنَے مے وَرُم
ہَرٕ ہُرٕ ہَرٕ شاپچھ پاپچھ ہُرُم
مَنترٕ کَرٕ پۆزَن پٔرِ بھوٚ

# وٕژُن

یوٗت پتھ زمٕس کٔس کیا چھُ پڑاوِتھ
ترٛاوِتھ چھُ گرزُھن وانٛگج وور

بأے بَنٛد تہٕ بَب موج زٕنیمج لارِ چھے     پلیترِ ژھار چھے مٔٹہٕ مٔٹہٕ بہار
فاضِل تہٕ باقی تَتہٕ ژٕنی رٲوِتھ
ترٛاوِتھ چھُ گرزُھن وانٛگج وور

ژینتو پانو ووفی ہیتو پایس     نیلے آٹز راونس پوتش نیہو
نیایے نے اَندرٕم ووٗنہٕ منز ہرٲوِتھ
ترٛاوِتھ چھُ گرزُھن وانٛگج وور

لارنے یتہٕ کینژہہ نہٕ حسرت لاران     مُہہ مایایے وڈلنم نال
انہٕ منز رٲوِتھ چھُم راوِ رٲوِتھ
ترٛاوِتھ چھُ گرزُھن وانٛگج وور

گرٕ گرٕ گرٲن لوہ کچار، رووُم     ہرٕ ہرٕ گرٲن ترووُم دِہہ
ینہمو اَنٛد مزار ییہمو سٲوِتھ
ترٛاوِتھ چھُ گرزُھن وانٛگج وور

دمہٕ دمہٕ پرمانند سوہ سنہ سو     اَنٛدرِم لولہٕ تار کرتہٕ ہو ہو
نکھہ لولہٕ نکھہ سیتر لولہٕ کلہٕ ناوِتھ
ترٛاوِتھ چھُ گرزُھن وانٛگج وور

# ژھتہٕ مَن

ژھتھ ژنٛدرمہ مَن تہٕ ست شریہ چھےٚ پژان
پژاوان آنند آم پانہٕ واٗنی

للی شوٚری یی لوٚگ اُس سادارن
داد شانت ھَنٛڈکی مَشر کُنٛی زُنی
اناہرٕ تادٕ بیٛشڑ اوٚم پرزٕ ناوُان
پژاوان آنند آم پانہٕ واٗنی

پٔنٛژرٕ وَشہٕ زیوٕہ کلا ویگلاوان!
تسٕوڈشہٕ سہنزٕہ کلا آژٕھنَن!
پکٔرن ماشہٕ تام بتھٕ چھُس پھوان!
پژاوان آنَنٛد آم پانہٕ واٗنی

پکٔرن پژتما دپوی ھنز ہاوان
دوٚچھٕ منٛزٕ پیٛتھٕ نیرٕہ مَنٛدنے تھٕنی
تی گوٚر زٕ گیوَ پژاکاش چھکاوان
پژاوان آنَنٛد آم پانہٕ واٗنی

---

۱ بےشعور۔ ژانُن ۲۔ وجود

وَچھتہٕ شُرٕہ پِژاگاشہٕ گاش پژیژٕ لاوان[لہ]
نِشکل شَشِ کلہِ شینہٕ کھَعِتہٕ پژوٗن
سادہ مَژٕ وُژ رؤس سوٗرِتھ سادان
پژاوان آنند آم پانہٕ واُنی

پرمانندہ چھےٚ ژٕیہ دۄدمُت ارمان !
پرمانند شکہِت وُچھ ہَن ژُنی!
پانہٕ بوزشہِن پژیمہٕ ہری یہ وگلاوان!
پژاوات آنند آم پانہٕ واُنی

لہ ا۔ یہ بند چھُپِتھ ماسٹر جی لِنِس انتخابس منز درج۔

# وُژُن

یُس کرہ شپشِہ ناگ کھوٗرِ مَنزوٗلے
تمُو سوٗر مسنہ مَنزولیے

بشدرابنہ یمُی راس سنبوٗلے
یُسے راس منز ترِاس شنگرامن
کلہِ کاس یمُی تولکُ توٗلے
تمُو سوٗر مسنہ مَنزولیے

پیپتامبرہ یمُی وُوٗلمُت سوٗلے
شنکھ چکرہ گدا تہ پمپوش ہتھ
چھاتہ بیہ بڑگ کِتھو کموٗلے
تمُو سوٗر مسنہ مَنزولیے

زگرہِ ہنُد کھبترگ لاگینہ وُولے
لاگِہ لیہ دزہ وُن سہ نبر آکار
شویمُی زِ ترِ بھونہِ انہ بجِرہ گوٗلے
تمُو سوٗر مسنہ مَنزولیے

بوہسا جُوَلیُس زَگرِ ہٕنٛد موٗلے
ہِسہِ وارِن شُہ تہٕ سُوہم شبد
تَتہِ تمہٕ نابہ کملتہٕ اَولے
تمیٚ سۆر مَنہٕ منٛزولیے

پرمانندٕ یٚمی سۆکھ دُکھ ژولے
تَندرِی زانٛتھ تہٕ رِتھہٕ کِرہ نا
کَتھہٕ کرِ ناتہ نا وَنہِ نا لولے
تمیٚ سۆر مَنہٕ منٛزولیے

# نظم

اَن اپہ کھیت پراوہ ناوِم پُورنہٕ آنندٕ مے مَنس
ٹوٹھ تسَ وہن کینہہ نہٕ زانُن گوز ٹوٹھوٕ دے مَنس

پاُژ پانس زاُنی زاُنی ماںٕہ بۄزی بلڑی ماںٕہ ہے ! !
رکیتھ نہٕ کیا تہٕ کتہٕ وہپان کوہ نہٕ ہیے کہی پرانہٕ ہے ! !
بوزنے بوزنہٕ نہٕ رونہٕ ہے نے کوُ نشرہ داپہ وُنی نے مَنس
اَن اپہ کھیت پراوہ ناوِم پورنہٕ آنندٕ مے مَنس

بۆگ بُجھت کھیترہ کھیترٕ گوشیوہ شکھت یی وۆن ہے
شَم تہٕ دَم تی بھاو بھاو نا بھکت مُکت یی وۆن ہے
ژکرہ وۆنس نہٕ کنگالس وہپر وُنی یی وے مُنس
اَن اپہ کھیت پراوہ ناوِم پورنہٕ آنندٕ مے مَنس

برہمہٕ نیروان شبدہ پرکاش اُندرہ نیبرے باشہٕ رۆس
ہول تہٕ سیُود شوزرہ شرفژد سیتی وارہ پاٹھی واشہٕ رۆس
دگہ لولچہ رگہ رگہٕ کیشا لگہٕ ہی یی پے مَنس!
اَن اپہ کھیت پراوہ ناوِم پورنہٕ آنندٕ مے مَنس

زَگ چھُ سنگرامالؚ تہٕ مَن چھےٚ راز تٔمۍ کےٚ زیٖنہٕ وُن
واسنا نبر واسنا ہیتھ کیتھہٕ اَپرمان میٖنہٕ وُن
چھُمنہٕ پیٚتھ پھیران ووٚتھ ونہٕ ہن کیٛنژھاہ زےٚ مَنَس
ان اپکھٔیت پٔراوِہ ناوِہم پُورنہٕ آنَندٕ مےٚ مَنَس

اُہیٚنس مَنز وُچھتھ کیٚنژھا وُچھونی سےٚ رٕوستےٚ
اُتہٕ مَنزہٕ ما موٚکھ چھُ کھٹان کونہٕ تہٕ اَلس سےٚ رٕوستےٚ
آس موٲدن، کاس نِی گےٚ خاصہٕ کاہنی کھےٚ مَنَس
اَن اپکھٔیت پٔراوِہ ناوِہم پُورنہٕ آنَندٕ مےٚ مَنَس

مَن وِچارتھی مَدارُوٚست اَنتَن ہوشہٕ سےٚ!
موٚت یہٕ لوٚت لوٚت ہوشہٕ اُنُن پتہٕ مَنوشےٚ سےٚ
نتہٕ کیا پلزن تی کرہٕ گرہٕ گرہٕ پی پَریشےٚ مَنَس
ان اپکھٔیت پٔراوِہ ناوِہم پُورنہٕ آنَندٕ مےٚ مَنَس

سَروٕ شٕلیٚت چھُ سورہٕ شٕلپُت کلپہٕ کلپانتو لگُن!
پتہٕ دےٚ نژاونی چھُ پراوُن لیٚس زِ لاوُن اَتھ یُن!
وٕپاپہٕ کٔس تٔس وٕپاپہٕ کٔس پُورشاتہٕ پوشا بوٚنیےٚ مَنَس
ان اپکھٔیت پٔراوِہ ناوِہم پُورنہٕ آنَندٕ مےٚ مَنَس

بروٚنٹھ تےٚ بَرم زوٚنمُت سمسار پراہٕوی وِوٚنکھ
سوٚنتھ ہُردکیا، پَن پُرد، دِچھتہٕ تَم زَم ماژہٕ چھُک
وٚونتھ چھا ہیتھ کھوٚسرس رنگہٕ رنگہٕ ژھر ژھوٚپےٚ مَنَس
ان اپکھٔیت پٔراوِہ ناوِہم پُورنہٕ آنَندٕ مےٚ مَنَس

سادسنت چھہٕ اَنت زانان اَدِ پتھ چھکنہٕ زونمُت
شرژ ہنزہ اگنیانہٕ سیتھ اکھ ییتھ مونمُت
سُے سوزُے زانُنے چھُے کرتوی نبرنے منس
ان اپکھیت پراوِہ ناوہم پوٗرنہٕ آنندے منس

پانہٕ چھُو کرتا اکرتا بھاوِہ بھاوے بوٗر مُتے
راوِہ راوِتھ پاُنہ پانس ہوشہٕ بوٗرمُت ژوٗر مُتے
تِلی پتلیس کرِمح کرہٕ کرِیے کھیتہٕ ہیلہٕ ژلیرِے منس
اَن اپکھیت پراوِہ ناوہم پوٗرنہٕ آنندے منس

آس پرمانند پراُوِتھ پرمہٕ آنند بوٗن مہٕ روزا
ساگری بے منز ساگری بے ہیو پاری بے دات بیون پہٕ روزا
یہ چھُہ ژہنن روٗپ پراوِتھ کیتھ ونکھ پوٗزنے منس
ان اپکھیت پراوِہ ناوہم پوٗرنہٕ آنندے منس

# لیلا

نایک شیوہ رازنہ وایکھو!
وہنایکھو بجے کار!

استوتھ چانٛی ماۄنتھ ہیکو
پاکھنڈہ روستئ بوز میانۍ زار
پاد چانٛی شیرہ ہیتھ ہیرہ بونہٕ تھکو
وہنایکھو بجے کار

سۄن تہٕ رۄف پاتھیمہ رتنادکو
کتھن میانین ژری کن دار
اۄرش میۄن مۄختہٕ ژہے پادن چکو
وہنایکھو بجے کار

بۄڈ بور ہیۄمت ماچھم نکھو
گژھ چانہ ہیکہ لوٗژرتھ بار
نتہٕ کتہٕ سورہ بال چھپکو چھپکو!
وہنایکھو بجے کار!

اَتہٕ ونہٕ مۄکھے کھسہٕ ونہٕ ارکھو
وِز وہشانٛھ نیرہ گژھ بیدار
پمپوش لاگہٕ ہے پوزہ چمپکو
وہنایکھو بجے کار

ماجہ ہندہ ٹاکُھ تہٕ راجہ جنکوٗ  
گنیش ناوس ژوٗر آدِ کار!  
میہ نِشہٕ ژہ تہٕ سورٕے سنگادِکوٗ  
وہنایکو بجے بجے کار!

یوٗگس ژٕہی چھک مول کوٚہمبکو  
شۓ چائِنی آسہٕ وُنی مولا دار  
بوٗگس چھے امرِیتھ ادہکو  
وہنایکو بجے بجے کار  
سمسارہ گوٗ مُتے چھُم یُژہ ولہتو  
بُجرس کوہنہٕ چھُمنہٕ ٹُھمک یار  
سوٗرُم آیے سورمنہٕ ٹوتہٕ تژکو  
وہنایکو بجے بجے کار!

واستاہرَن ہُنشد بہٕ پلاہکو!  
ہوٚل یوژُن گوٗم بلتہٕ ہَل یار!  
میتہٕ ماکانِس وُنہٕ تی چھُم نشکوٗ  
وہنایکو بجے بجے کار!  
پرمانند چھُس بوٗ چون یاچکوٗ  
سوٚ وٚہندہ کرہ ڈُن نمسکار!  
مانس واژک بیہ یہ کایکو  
وہنایکو بجے بجے کار!!

# وَژُن

پرماتما دوہ تمٕ توٚت تَمسے
ووٚل سے نِتہ ادہ لسے نہٕ کانہہ

پٕژنہٕ دِس ژٕڈپاری پٕژنام کھسے
سُوہم منتر ادہ ترٛپسے بہٕ کوٚنہہ
اَسہِ بوٗز پوٚز وۄنی لُکہ تے اَسے
ووٚلسے نتہ ادہ لسے نہٕ کانہہ

یُس نہٕ کُنہٕ اَلِہ کھینہٕ کوٚہ ووٚلسے
سوٚدرس بوٚڈ زانہٕ پیسے کوٚنہہ
پوٚز بوز بُلہِ تبلہِ دُھرنیہ وسے
ووٚل سے نتہ ادہ لسے نہٕ کانہہ

خام دُوسہٕ کب یام تام پیٛیہ تھرلیسے
بامہ ہیوٚر کھسے نتہ لبسے نہٕ کانہہ
تھوٚسہٕ تھوسہٕ سارنس ما لگہٕ تھوٚسے
ووٚہل سے نتہ ادہ لسے نہٕ کانہہ

تھوّل چھُے پانے گرمتس پڑ لیسے
یَس ماتا پِتا تِسی نہ گوٗتھہ
وُچھنے بچھنے مُہنہٕ گُنسے
وٕھول سے نتہ ادہ لسے نہ کاتھہ

پان یُس پانہٕ سِی تراوہ گگوٗ سے
راوہ یَس وَتھ تَس دِسے نہٕ کاتھہ
ساوتو نہٕ موکلِتھ تِنرہِ کھوٗکھسے
وٕھل سے نتہ ادہ لسے نہٕ کاتھہ

پرمانند ٹیلہِ پان منٕ سے
سوشبدہ شُتہ ادہ ہسے نہٕ کاتھہ
اپنے ہرٗدے بٕرنداون بسَے
وھوٗل سے نتہ ادہ لسَے نہٕ کاتھہ

# باٲتھ

وزَہے لاگِتھ چھکھ اتاٲپیتھ  ساٲلِک چھ ماٲلِک پوٗزُے بوز

ژٕنٛڈوٗل کٔنٛشرٕ کٔنٛشرٕ پاٲلِکھ

کینہہ چھہِ شوٗنگتھ شب و روز

قبرے رُڈُ کینہہ کینہہ کیا زاٲلِکھ

ساٲلِک چھ ماٲلِک پوٗزُے بوز

مرتبہ لبکھ بٔیلہ خُدہ واٲلِکھ

حَدہ ژٕرِ پٔتٕنے پانہٕ روز

پٔرژِھتھ بکھ ژھٔنے یمئے گاٲلِکھ!

ساٲلِک چھ ماٲلِک پوٗزُے بوز

یُس پانہ روزہ نہ چھُہ پانہ ماٲلِک

ڈاٲلِکھ آپور یپوٗر - بوز

فقط چھُہ سوٗلوک زانان ساٲلِک

ساٲلِک چھ ماٲلِک پوٗزُے بوز

غریب دِل بٔیلہ چھلک نہ چھاٲلِک

سَتہٕ چَلو ہَن یہ گُلشتے - کوز

ہزرہ تہٕ ہزرہ تیلِی سنبھاٲلِکھ

ساٲلِک چھ ماٲلِک پوٗزُے بوز

# وٕژُن

وانہٕ وانہٕ پھیرتھ پیہ نیروان واتی    وَنہٕ وَنہٕ ہہٕ وَنہٕ  ہلواُنی یے

لولہٕ سیتی کوتُنے آیے دوَد پلہٕ واُنی

جودگر بوَدھِہ ونہٕ  واُنی یے

کتھ کرٕ کرٕ گیِے اتھ ہاواُنی    وَنہٕ وَنہٕ ہہٕ وَنہٕ  یواُنی یے

ریمہٕ کتھ پانہٕ پانس چھُہ روَژاُنی

ساُوی مُتی چھہ ژھارِ لباُنی یے

نیتہٕ چھا پیہ برہما راوَن تہٕ لباُنی    وَنہٕ وَنہٕ ہہٕ وَنہٕ  یواُنی یے

مَن یُس بوٗد ہیتھ سور زاناُنی!

وُزملہٕ گاش چھا واُنی یے

وُزملہٕ نیتہٕ تس تہٕ پڑاوہ ناواُنی    وَنہٕ وَنہٕ ہہٕ وَنہٕ  یواُنی یے

کھوژان چھُہ ہیتھ زہیتھ پان نہہ واُنی

سُے پان وُچھِن نے پانہٕ پاُتی یے

آس کیا تہٕ گوس کیا تہٕ کیا موژاُنی    وَنہٕ وَنہٕ ہہٕ وَنہٕ  یلواُنی یے

نِشمشیہٕ روٗس آنند پراواُنی

پرمانند نانہٕ زاُنی یے

اَتہٕ اوَد کھور چھِنہٕ بروٗنٹھ پکاُنی

ونہٕ وَنہٕ ہہٕ وَنہٕ  یواُنی یے

# وٚژُن

ستِتھ سرٕ کے ست پوٚزٲستھے
کاستم دِی تےٚ دُشپنا

سُتھے منٛڈلکِ رُتےٚ ربیٚشے!
اوٚمبر شبدٕ امرتھنہٕ تےٚ چھِر نا
اَن اپیکھُت ہتھ ژلِ ہم ترٛیشے
کاستم دِی تےٚ دُشپنا

بالہٕ گوٗپالہٕ چرن درشُن ڈیشے
نِشکل پاٹھو شٔشی کلُ وُزہ نا
اسواد سواد سمادِھ موٗکھہٕ چیشے
کاستم دِی تےٚ دُشپنا!

انتا کرنچی ژلِ خلِہ بیشے
سوٗرم کھُلِ برہمہٕ کےٚ ژُمنا
سمادِھ ٲنِتھ چھ سرو بلشے!
کاستم دِی تےٚ دُسپنا!

استھ کتھ یہ زگرِ برٛم ہی لگہِ پھیٚشے
رگہِ ژمہِ شیو مادھو تہٕ برہما!
دگہِ روزہ مَن ژلہِ ھبوتا وپشے
کاستم دِی تے دُشپنا!

رٛوومُت چھُہ پننُے پانَس نِشے
ژآرِتھ تتہِ چھے برٛہمہ نِشاٹ
گاٗلِتھ چھُے گیان وٚونمُت شیشے
کاستم دِی تے دُشپنا

صاف کرتہٕ الضاف شیٚشہِ وپشے نشے
اِدہ وُچھہ وُچھ سعٔرتہٕ سعوپے پڑتھما
نتہٕ پاٗنی پانہٕ رٛدٔس کوٗنہہ نہٕ کیٚنہٕ ڈیلشے
کاستم دِی تے دُشپنا!

سُوہم شبدہ کلہِ گلہ کلیشَے!
وٚوپدیشَے پڑتھہِ مے ازٗ پلا
پرمانند پڑاد آنند کوٗشے
کاستم دِی تے دُشپنا!

# وٲژُن

ژھوٚٹرِتھ کَتھٕ وٕنِم سَت گوٗرَن
شٔرَن یُن بھگوَت کھوٗرَن تَل
کلپَن نَتہٕ یم شَلپہٕ ماسوٗرَن
شٔرَن یُن بھگوَت کھوٗرَن تَل

بُلبُلیِ گاش گٔژھ کوٚٹھرٕ ژھٕنہٕ کھوٗرَن
سوٗہ پٔرا کاشش ژٕلیٖتہٕ سِری یک نٕبرٕ کَل
لوَدوار ترٕوٚپرِتھ سَترِ وٕنی پٲرَن
شٔرَن یُن بھگوَت کھوٗرَن تَل

مَشہِہَن رَنگہٕ روٗنے پکیہٕ موٗرَن
نکھ واتہٕ نکھ دِژارہٕ آلکل
اَپنو تہٕ نپنو وُچھہَن کھوٗرَن
شٔرَن یُن بھگوَت کھوٗرَن تَل

دُورِ دُورِ دورن پالن نہ دوَرن
پھیرِتھ داتان ژیتھ گنگہ بل
ست سنگِ کے دوٗل آسن نہ چھوٗرن
شرن یُن بھگوت کھورن تَل

ہن ہن گامُ لِتھ ہن چھکنہ مورن
کھینہ کھینہ کھیوٗن چھے مایاہ ژَھل
اَن اَپکھیٗت کھینتھ پانہ روز مورن
شرن یُن بھگوت کھورن تَل

دمہ دمہ پمپوش پھیہ لپسے ڈورن
شمہ دمہ ہمہ ہمہ بوٗر مُت ڈَل
سوٗہمہ سوٗ موٗختہ وارن دوٗ بدن
شرن یُن بھگوت کھورن تَل

ہارہ پیٹھ بشتر رِتھ لچھ کرورن
اکہ ہوٗت پکہ وُن بشُن نِشکل
بورس نتہ تس ژوٗر چھے پوٗرن
شرن یُن بھگوت کھورن تَل

پرماتمہ کرم نوٗ پرفن ہوٗرن
کھوٗ مُت یہ پنشتر ہُم ژورن پھل
اُشرِتھ کرمہ پھل ہاتھ آس جوٗرن
شرن یُن بھگوت کھورن تَل

# وَژُن

پوٚزنَس پوٚشِشِش سۄراسۄر وَنٛدَس
پَرمانٛدَس تہٕ پَرماتمَس!

کرشنَس زَگت یَس تہٕ ژھلِ چنٛدَس
ترِیٚمے منٛدَر دارکا، تَس
سۄدام سالگرام ژٕسے پوٗزہ وٕنٛدَس
پَرمانٛدَس تہٕ پَرماتمَس!

دارِہ دارِہ پوٗزا چھُے مُکھار بٔنٛدَس
سۄرگہٕ اَرگہٕ سیٚتۍ زَل اَمرِتہٕ رَس
پُشپہٕ کَنہٕ آکاشن پرٛتھوی گَنٛدَس
پَرمانٛدَس تہٕ پَرماتمَس

بنہٕ ؤن دھارِتھ مَس نِپنٛدَس
گیشانہٕ گیشانہٕ اُرزر کَٔنِ ؤن ہَس
لگہٕ مانہٕ بلیہٕ بلیہٕ اگیشانہٕ دَنٛدَس
پَرمانٛدَس تہٕ پَرماتمَس

وَرِیٖمہِ زَرِ دِتی نژوَا مُچکَندَس
کال یُس دِیہ تَس کالہِ پوٗنَس
پلپتامبرَ سُہ تےٚ لاٚگِتھ پھَنڈَس
پَرمانَنٛدَس تہٕ پَرماتمَس

وَنہٕ ہنٛجہ یُژ ایکادشہِ اَسکَنٛدَس
بوٗزنَس تہٕ کَس پرمار تھَس
مَنہٕ رازہ بلیٖہ نشِچَے ہَسنٛدَس
پَرمانَنٛدَس تہٕ پرماتمَس

زِندگی ژھیچھ ہیتھ رٕوز دِہہ جَنٛدَس
ستہ پَرشہ رٕفُٹے وارتہ تَس اپرَس
واٹھ چھُے ژُنٛدرے پٔژ بیتھ پیوٛنٛدَس
پَرمانَنٛدَس تہٕ پَرماتمَس

پَرمانَنٛدہ میٚل پَرمہ آنَنٛدَس
گُمہا میانِک نَبرہ ما وَس
پانہٕ وَنہٕ یتھ پاٹھِن زندَو اَنٛدَس
پَرمانَنٛدَس تہٕ پَرماتمَس

# وٕژُن

ژیتہٕ آکاشس باسکر ہیٚو باسِتھ
ہٲرِ باوٕ کاسِتھ ہرے شمبوٗ

لمبوٗدرٕ سوٗرہ گوٗرٕ ہرٕ شنکرٕ
گنگا دَرٕ سوٗ ہم سوٗ
زانٛہہ گاشس سوٗرِ پرٛکاش آسِتھ تہٕ باسِتھ
ہٲرِ باوٕ کاسِتھ ہرے شمبوٗ!
تنتر منتر ستنہٕ وودگنہٕ ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ
تتا فیینا بجان شمبوٗ
ستنہٕ داتہٕ دنِتہٕ مانہٕ سنتوشٹ آسِتھ
ہٲرِ باوٕ کاسِتھ ہرے شمبوٗ
رامہٕ شامہٕ کرشنہٕ وشنہٕ شیوہٕ بھوہٕ نتیہٕ ہو
سرہٕ گرٕ وزہٕ وزہٕ اوم ہمسوٗ
نشکرمہٕ میہٕ نرنیہٕ پیہٕ باسِتھ
ہٲرِ باوٕ کاسِتھ ہرے شمبوٗ

ژھتیہ آکاشس باسکر ہیٚے باستم
ہَثرٕ رہ باو کاستم ہرے شمبو

ژٕلہِ تھٕلہِ نبرٕ کٕلہِ نبشکلہِ اوُجلہِ
سَتم بَلہِ سُمرنا پہٕ یَم شمبو
کَلہِ مالہِ دارٕ ونہٕ ہَتنہٕ ہَتہٕ باستم
ہَثرٕ رہ بھاو کاستم ہرے شمبو
سو ونٛدہ پرَمانندہ آنَندہ گنٛدہ
نادہٕ بندہٕ کرشنہٕ چندرٕ شیوٕ شمبو
دھیانہٕ دھارنا پرگیانہٕ موکھہٕ سوکھہٕ آستم
ہَثرٕ رہ بھاوٗ کاستم ہرے شمبو

# وَژُن

سَرسوٗتی ترٛٹھ مے گژھ ہَم سَرہ سۄتہٕ کرٕہان
دھیان دھارنا سۄرہ سیتیٖن پان ژُن وَرٕہان

شہ آتمانٕ چکرٕش ژانہٕ کیُتھ دفہ پانسک روزٕہَس
سوٗرہ ہانَم ژنمہٕ مرنچ ہانہٕ شَنبۄکھ روزٕہَس
دِیہ کوٗرِچ کہیترس گژھہٕ اَندرے کورو پانڈو مرہان
سَرسوٗتی ترٛٹھ مے گژھ ہم سَرہ سۄتہٕ کرہان

رامہٕ نامکہٕ سۄرہ سیتیٖن لگہہٕ بھَۄوہ سَرہ تار
موٗہہٕ لانکہٕ گنڈٕ ہے اد گیانہٕ ہنومان تار
ییتھہٕ ممتا ہے سَمندرہ یم پٔنزی تہٕ وانٛدر تران
سَرسوٗتی ترٛٹھ مے گژھ ہم سَرہ سۄتہٕ کرہان

پا پیو شانک گژھہٕ ییس سنسارٕ بھۄو ادھیاس کرتھ
پارہ پارہ والنس تتھ ہاوٕہَم اَبھیاسہٕ کوتھ
یتھ سہ ڈلپتھ ونکی یم وشے پنچ ڈرہان
سَرسوٗتی ترٛٹھ مے گژھ ہم سَرہ سۄتہٕ کرہان

راگ تَے وٕراگ ترٛاوِتھ راگ تَے وٲراگ تیاگ
گَلنَم سَنکلَپ مَنہٕ کی بَلہٕ ئیس چھُم رُوگ، راگ
ہاگ سۄم تَے ہار زٲنِتھ پھولَے پوش ہَرہٕ ہان
سَرسۄنی تِرٛتھ مے گرٛٲہم سرہ سوتہٕ کرہ ہان

پُلنہٕ بے نَے کیا بَنہٕ ہم یِم زِ ترٛاوِنی کیتھ مے آسی
چھاونس نایِم بنیم یِم زِ چھاوِنی کیتھ مے آسی
کوٚہ خاطرٕ سَرہٕ کرُم تَے خوش مے یہم تہٕ کھرہ ہان
سَرسۄتی ترٛتھ مے گرٛٲہم سرہ سوتہٕ کرہ ہان!

# گُل تہٕ ژھاےٚ

گُلِس تہٕ ژھایہِ اوس ئیتھ کالِ نیٚایے
سِرِیُس نَشہِ اَنٛتٕرنہٕ آیا یے
ژھایہِ دوٚپ سیٚٹھا واُر کوٚرتَم گُلی
ژھایہِ رُوٗدُم اُچھَن پاُدی نَم پھُلی
تَمَنا چھُم سِرِیہِ وُچھَن گاہ
دزام نَتہٕ نیرہِم ٹُسے شَر زاہ
وُچھَن بانہٕ مَنٛزہٕ سُہ سَنٛموکھ بان
واتَس یام ساتَس نہٕ روزان!
گُلی دوٚپُس میٚشانِس سایَس تَل
بَچِکھے نہٕ نَتہٕ تراو بَچنٛیج کَل
ژٕہ آسکھ تہٕ میٚشانہٕ مَنٛز آسنہٕ سیٚتی
بیوٚن نیرِتھ تبےہِ ہوی بِہان کیٚتی
پَننیٚ کال چھا پانہٕ ژھاَرَن
ہاوِہیٚ نہٕ آسہٕ ہَم یَتہٕ لارَن

میٖوٗنے آسُن چھُ چوٗن آسُن
میوٗن پڑاو نُے چھُے سرِ یہ پڑاوُن
لَے گژھ ژِرِ ہیٚے تَل بُھے سپنکھ
رُکہٕ نہٕ سرِیَس نِکھ نِکھ پکھ
کُنہِ کیٛشا روزِ کھ نہٕ وُہ تھیٚیے کھوٚنہ
سرِ یہ وُچھنک سواد ژھٔے گژھی ہوٚد
پانہٕ یُس نہٕ وُچھوٗن روز درشُن
کُنہِ کیٛشا نَفاہ آکاشہٕ درشُن
پانہٕ اَسِتھ ژِہ پَرَم آتما پرشاد
گَمِ یُس پانہٕ تَس گیان کیا دراو
بوٗزی بوٗزی ژھا یہ سمشیے روزَن
کُلہٕ روٚستے سَرہٕ کَرہٕ ہا یہٕ زَن
لَنجہِ اکہِ تانی سرِ یہ ژھوٚنجہِ ڈیشان
کوٗنجہِ گُلچِہ اَسس وُٹھ پھیشان
زوٗن سِری پکہِ وُچھنچ شابیے
کلہِ روٚستے چھمنہٕ ، انڈیوٗس نیٛابیے
پادَن تَل سا یہ سرِیَس پیوٚو
پدیٚن گو وُنینچ روزِس نہٕ زیٚو

پرماننِدرِ وۄنتہٕ ننی راوِتھ ا
ٹاٹھِن ٹاٹھو گٔژ سپر باوِتھ
پانس وۄزۄنی پانس روز
لۄزی لۄزی پانس دوٗر تو روز
بوزِنے و ننے کھو ترٕ یژ جان
وٲنی چھ ونہٕ وان تُہ سارِژہ گان
سِری برہٕ کیا تت ست سوہ روپ زانُن
یُس نہٕ پانہٕ اُستھ نہٕ گو زانہٕ نۄن
نِرگون زرنجن تہٕ نِر آکار
ساری رۄستُے تہٕ سروِ آکار
ترگُنہٕ سے نِر گونکُے روٗپ
کُل گوٗ نہٕ کُل ویدہٕ وۄنمت دوٗپ
رنگہٕ رنگہٕ پیٚمی رچھ داری ہتی اوتار
ریٚشی منی یس چھی سپوا کار
زیوٕ پیس چھُ ہیکہٕ برمہٕ ترہتھ آبھاس
پٔرنہٕ پیٚمہٕ زنمہٕ زنمہٕ کُے ادِھیاس
وُنٛیُب سمادِ تتہٕ ہیٚوو پرماد
ویِیک زھارنس چھُ گورِ پرساد

سوٚ یِ کیٚتا ژھایِ یَس ژھارُن چھےٚ
مُوٚکھی لبہٕ ہیٚے سِری یَس ڈیشیٚ ہیٚے

سَنٛ گوٚپٕر تہٕ بَبا میٚون شِری کرشن جیو
تریٚلوکی دٕہہ تہٕ سُے چھُے زیو
سُے چھُے کُل تہٕ سُے جزٕو کُل
یَمیٚ گُڈی میٚتٕرِ منٛترِ رٔنگہٕ رٔنگہٕ گُل
تَسی چھُس ژھایہٕ ہٕندی پاٚٹھی اَرپن
آتش چھَم زِسَت پرٕکاشس وُچھہَن
روٗزیٚیلہٕ کُلہٕ سِکے آسرٕ ژھایے
اَنٛدِ یوس نیٛایے میٚتہٕ اَنٛدِنَم نیٛایے
دِیَم مے گوٚڈٕ بانٕہ مَنٛگنَس کیٚژُت
اَدٕ لَدٕ تَتھ بانَس رُٹ رُت!
ہیٚرٕ بوٚنہٕ بوٚنہٕ اَسِتھ بَنہٕ بیٚے
اَنہٕ گرٕہہٕ سیٚتی کاسیم مَنٛہٕ دِیے

پرمانَنٛدٕ، پتراو آسِم وَنان!
اَناتھس سُہ ناتھ شِری کرشنہٕ بھگوان

# اَزَ پا گایتری

اوٗم بوٗر بھوہ سہا شنبو شمبو

اَزَ پا گایترِ سوٗ ہَم سوٗ

کرِنَس تہٕ اُتھَس گوٚبَن بَن   مو روٗز تتہٕ کھینہٕ ماترا ژھینٕ

چھُھ یَس لگِہ سُہ پانٕ پانَس چھوٗ

اَزَ پا گایتری سوٗ ہَم سوٗ !

پَنجرے منٛزٕ ہی ژرہٕ کوٚستوٗر بوٗل   لنجہٕ پیٹھ نیرِتھ بنیتھ پوشہٕ ژول

کُکِل بُنتھ زبان کوٗ کوٗ کوٗ

اَزَ پا گایتری سوٗ ہَم سوٗ!

ژھو ہیر لاگِتھ روز یتہٕ گوٚبھہٕ سُہ   پنٕنِس پانَس پننٕے رِژہٕ!

شالہٕ لوٗٹ نژاوکھ تہٕ نتہٕ چھے چھُھ

اَزَ پا گایتری سوٗ ہَم سوٗ!

نے لبنہٕ بِبیہٕ دارِتھ کن روز   بوز سوٗرہ ہی نشہٕ خالی سوز

طوطہٕ وَنہٕ نی چھے بوٗ بوٗ بوٗ

اَزَ پا گایتری سوٗ ہَم سوٗ

گتھ پژاوکھ کنتہٕ سیتی راوکھ   پانَس انہٕ منٛزٕ پان ہاوکھ

طوطۂ نے چھکہ تونۂ کر تۄ تۄ
اَزَ پاگایتری سوٗ ہم سوٗ

کَرتَس نشہِ وۄتھ اَرتھس کھس کرٛینگ نیدی وۄتھ برتھس کھس

بی چھے نرتھ یاترا سعۂ یم بۄ
اَزَ پاگایتری سوٗ ہم سوٗ

پرمانندہ پڑاو پرمہ آنند تڑاو دِہہ بیٹھہ پڑاو موکھی بند

مُرہرہ نا یوہ کن آوے دیو
اَزَ پاگایتری سوٗ ہم سوٗ!

# وَژُن

وَیکُنٹھ بَنیوٚو بٔشدٕرا بَنِس
کَتھ وَنِسی رُٹنم جٲیے

نورٕ آیوٚس موٚچھ زی وٕڈِتھی
ییٚنتہٕ مُژرِم اَتھٕ دوٚشوَے
موٚچھ مُژرِتھ اَفسوس کھٮ۪نِس
کَتھ وَنِسی رُٹنم جٲیے

نورٕ آیوس پور چارٕ ویرے
نِہا کال ما کٲنٛسہِ چھورے
کال ما ترٲوِ پور کٲنٛسہِ زنِسی
کَتھ وَنِسی رُٹنم جٲیے

پانژن دوٚہن آس کرنہٕ سالا !
یہ چھُ دُنیا موٚت مالا !
کیٚا چھُ ہیوٚن دِژن کیا چھُ نٮ۪ن چھُنڈِسی
کَتھ وَنِسی رُٹنم جٲیے !

زپوَن وۄن دَرجِگرَ یی
لۄزِم یِی ڈِیۄنٛڈُم تی
جان وَنڑِہے شعبہ دَرشَنٕسی
کَتھ وَنٕسی ژٕٹنَم جایے

لولہٕ ژٲرِتھ شمشانہٕ بٔنٕسی
واراگہٕ دزانہٕ تیاگ سکَرنا و
نَتہٕ ما چھُے مَژَر مَنٛژ مَتٕسی
کَتھ وَنٕسی ژٕٹنَم جایے

پٔژان مثیأنی نیتھ پرٲتا کالَس
وَنتہٕ کُس پوشہٕ جَہا کالَس
چھا شُہ روزان زہرِتھ گُنہ کھینیسی
کَتھ وَنٕسی ژٕٹنَم جایے

پَرماتمَس وھوٚنی رو گٹھ پانَس
یُژرِی اَنتَن تھانَس بیٹھ
سوٚ ہم پرٚیم یکجا کھینیسی
کَتھ وَنٕسی ژٕٹنَم جایے

# وَژُن

لولہِ بُلبُل آو بُزکالی وٹسی ہے
بالہِ یارن اُنی کیا ڈالی وٹسی ہے
رازِ ہمسا ما ژاؤ خالی وٹسی ہے
بالہِ یارن اُنی کیا ڈالی وٹسی ہے

ٹھُوٚو بسو دامن مُنڈِ چھِنہ سیٖژر زٕژرے
اوٚس زاگان موہَن دکرِ دلٕرے
یس چھِ کوستَب مالا نالی وٹسی ہے
بالہِ یارن اُنی کیشا ڈالی وٹسی ہے

شوقہِ وُچھنے آو تَس جَنڈہِ جامَن
سیٖژر چھِپنہ نیوٚن گَھنٹیا مَن
بوٚگ کھا وچہِ بوچھِ کھینہِ سالی وٹسی ہے
بالہِ یارن اُنی کیشا ڈالی وٹسی ہے

گرِدھارؔی آنَنٛد کیٛاژھ پٔراوان
تَس رُکھمَنہِ موہَن تَنٛپلاوان
کیٛا زانکھ مَزہ ہی مٲلۍ وٕنِسی یے
بالہِ یارَن کیٛا اُنۍ ڈٲلۍ وٕنِسی یے

معہ ژھ تٔرِٛپیمہٕ دوکان ژھیٚس رُکھمَن
لوٚگ باونہِ یی تَس مَن موہَن
نیوٚ تَھ آنَنٛدِ سواگت بالۍ وٕنِسی یے
بالہِ یارَن کیٛا اُنۍ ڈٲلۍ وٕنِسی یے

اٰس مَنہٕ مُنٛزِ سونچان بِی رُکھمَن
نَب تہٕ پرتھوی پٔراو بَختاوارَن
اُبرٕ کھاران بَکھتِس چالۍ وٕنِسی یے
بالہِ یارَن کیٛا اُنۍ ڈٲلۍ وٕنِسی یے

یَہ مانَنٛد وٕڈنَس لولہِ مایے
معہ ژھ تٔرِٛمے بُتہِ ہاوُکتہ جایے
اسہِ بکھتین دوکھ تہٕ غم گالۍ وٕنِسی یے
بالہِ یارَن اُنۍ کیٛا ڈٲلۍ وٕنِسی یے

# وُژُن

سعو کلہٕ نبشکل دزایہ مو کلے
ووہ ٹھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

ہوشس تھاو واسنایہ دھیانہٕ لوٗزم
مَن پَژان موٗت باسہٕ سدہ پھولہٕ یم

مان رٕٹھ پانس وٕگینہٕ ہان زٕے
ووہ ٹھوٗ منہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

کُس چادِ لولہٕ کس پیالس ئٕے
یُس اورہٕ چاون ئُسے کرہ سٕے

لولکہٕ دٕزی یاوہ گوڈٕہ پان چھلے
ووہ ٹھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

مَن بوٗدھہٕ سٕتی چھے کھاوٗر تے ہَم
سو ہَم رَزہ سٕتی یوٗرہ ناوِ لَم

آہم نترا اُوِتھ سوٗ ہم چھو لے
ووہ ٹھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

پٕران پٕھے نترٕ کرے شبد پٕر بیان
سأر رٕٹھ بوٗز سٕتی پکہٕ نولان

سٕتیچے ساکھے لیکھ عملے
ووہ ٹھوٗ منہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

سوہَم ہا یکہٕ سٕتی پرانس
پیٹھ تتہٕ چھے پہترن پانس

ہوشس تھاو واسنایہ ٹھُنہٕ مال گلے
ووہ ٹھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

شبد نٕول گوٗ پوٗ گوٗ وینده گوٗ
پوٗشہٕ نوٗل چھے زبان کرشنہٕ گوٗپہٕ

شَنزاوُن سوٗرِتھ کوٗ سنتوار کلے
ووہ ٹھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زُپہ اَدم

سوٗن کھسہٕ کھوٗچہٕ تارٕ زٕ تول
تولہٕ سُے رَزٕ پیٹھ اَہم گول

بیوٗن بیوٗن مول چھے سوٗنس سر تلے
ووہ ٹھوٗ منہٕ ہا کلے شبد زُپہ اوم

یاوٗن باغس پھلیا چھم
نادِ کھس ساوهان تیز بدم

مَت لُوکہ سماز سہز پرہ پزلے
ووتھو مَنہ ہا کلے شبد زیچھ اوم

ہی چھوڑج ڈورِن آرن آیرہ وَل
محسوُل ، گوٗلاب ہیلیہ یِمبرزَل

تومبُر ژھاران چھے یِمبرزلے
ووتھو مَنہ ہا کلے شبد زیچھ اوم

مَنہ کِس وھچانس سوٗ ہم خالنس
سوور نُے ہیئو سہزہ سنذانس

دَم ہیئو سَم روزہ . اَدِہ یم پھولے
ووتھو مَنہ ہا کلے شبد زیچھ اوم

کَن تھاو کیا زپان شبد زیرِ بم
ژہی زِتو عاقلو ہیئو جیس دَم!

کلہ کلہ کَل گَنے پہ وَزی شش کلے
ووتھو منہ ہا کلے شید زیچھ اوم

پرماتَشرہ تراوِ فکرہ تہ غم
ژہ نشا مَن رتَن ست زِپَن اوم
بیہ بیہ ترا وتھ دِیے منہ گلے
ووتھو منہ ہا کلے شبد زیچھ اوم

# کرشنہ لیلا

شامہ سوندرجی لال بنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
ویلہ ییتھ کونہ کھیلنہ نیرو     نندہ لالس میلنہ نیرو
یی چھ کپول پٹریو زنا !     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
شامہ سوندرس تس کامہ دیوس     رامہ ژندرس شری کرشنہ دیوس
اُسی چھ گاٹرہ تس اپنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
آشس زر چھے میلن تسند     زیون سیتہ کھیلن تسند
پانہ بُنتھ ، نندرا بنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
پریمہ آنندہ وینا واین     تتھ منز ناد بیون بیون باین
گرہم سہ پھل منہ کامنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
آبہ جمتاہہ زلہ تن ناوتھ     نو ویراوتھ پرون منتراوتھ
شوبہ ون بھوشن وردھنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
اُسی چھہ آمرہ اسچہ ترے     نرچنت آنند امریتہ گیے
نژے گوپہ کریکھ پرارتھنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی
وویسہ ییتھ کونہ وسو وسو     ییتھ راسہ کونہ اسو اسو
گیلہ کس میلہ نار اپنا     کھیلہ بنا رادھایہ سیتی

گیان گُرٕ رتھ لگِن نہٕ یمِس — گٔژھ پرٛاوِتھ پرٕم برٛہمس
مو کھبہ پرٕ بھکتی کارنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
پوشہٕ کلین منز دٔرے ژھاپے — بوہی لاگِتھ رودٕ دٕرے ژھلیے
ژرنہٕ کنکل ورہ نامنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
آسس دِوتا تتہٕ درشنس — پوشہٕ درشنس ہاہر شنس
پوشہٕ ورشُن تہٕ وُچھونا! — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
پُورمت اوس ککلو ادٕ لے — ہیتی یہٕ زنمک ژلیکھ ہولے
امہٕ ستی عوشس گوکھ منا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
پننہٕ شبدٕ چ چھنہٕ تھا لجہ زان — چُھس بھکوہ سرہ بوزروس دزان
یہ چُھ کرمن ہمشہٕ گہیل ونا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
رہِ دٕ یہ منز ہہ ستھ بھگوت ژرن — اسہ تتھ ہلیتہٕ سیوا کرن
برٛہمس ستی رودٕ کھ نہٕ بنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
سو تنکا دیکھ نارد منی! — وٕیاس شکدے دُپی کرہ وُنی
رادھا کرشنی کرتنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
لوکہٕ دُننے کیشا کرہ تمن — آسہ برٛہم گیان گوتمن یمن
کیتہٕ ژ کرٕ نح چھک کلپنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
رادھہ امرٕ یتہٕ رس گرٛہ جونٔے — نکھتہٕ رس ہتی نہ چھو رودٕ چھونٔے
رُود چھوٗن زنمہٕ زنمنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی
دٔر ایہ نیرمل تھاوِتھ ونڈس — گٔژھ پرٛاوِتھ پرمانندس
کرٛگہ کیشو آرادھنا — کھیلہِ بنا رادھایہ ستی

# گرُشنہٕ اوتار لیلا

گگٹہٕ مٔنزٕ گاشس آو چانے زینے
جَے جَے جَے دیوکی نٔندنے

نیٛتھرٕ شکھنٕ سیٖنہِ چھک نارینے کھیرِ سمندرٕ مٔنزٕ شیشہٕ دپنے
واسدیو موکہ بٔیچہٕ شنکر شنے
جَے جَے جَے دیوکی نندنے

پرٛدیمنہٕ انرودھ شودہ نیرمَلے سیدہٕ مدہٕ وٕدہٕ ندہ شوبہٕ موکلے
زن کوٚہ زانئے ژیٛتے نیرنی زنے
جَے جَے جَے دیوکی نٔندنے

واسدیو دیوکی آو وانے دیوی تہٕ دیوتا آس شرنے
ربہٕ زنمس بیٛتہٕ زنار دنے
جَے جَے جَے دیوکی نندنے

وکھنیا وناردی پٔرٕنے کمسَ تے بوزتھ زونُن نہٕ وٕدزنے کَس تے
ہوٚبنی رہبہٕ چانہٕ آوٕ موہنے
جَے جَے جَے دیوکی نٔندنے

تروٚنے نہٕ گوٚدہٕ روٗس کمُسا سوٗرے سورنوبہ سمسار سارن سورے

دپوکی بیٚنہٕ تمیٚ دٕپیاو مارنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

کال چھنہٕ والہٕ واٹش کال چھنہٕ زالے کال چھنہٕ کالہٕ شاہ مار ولہٕ نلے

کالس زاٹذ زاٹذ کوٚرہ نہٕ زانئے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

کال چھنہٕ برٕبڑی پرٕشڑی پٕڑان چھپرہٕ وونے وپرہ پان ہیرہٕ گوس کیا شبیرہ وونے

برم گومُس ژرہ بیٚلہٕ ہیٚژکھ تمنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

نیشکلہٕ زیٚتھ ووتکھ گو کلے کٔل چھم چانےٚ دوٕہ لوٗہٕ ہو کلے

وٗنھیے زارہ پارٕہ بھاوتمُ کئے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

آسہٕ ژُن ژرہ سنتان واہد پووونے تس نہٕ کیا ڈیشی ڈیشی روزنہٕ ہے وونے

زاکھ نندہٕ گورِ نہٕ اکہٕ نندنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

جمنا یہ تمنا پادِ پیٚرِ نامے تس پرٕیہہ بالہٕ گوپال نیشکامے

ژوہ زل ہیوٗر ہیوٗر اوس کھسنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

دپشہٕ کالہٕ روٗس تہٕ وٕزاکھ پلنے دلیشے مانس اگوزر پانس نیلشے

کیشوداپہ گرٕی نے پلوشہٕ ورشنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

لکہٕ وُن ہیوٚت ہکھ ہیوٚن ہیوٚن کوچھے    باو کرشن گوٚرہکے باوِچہ بھپچھے!

تھَپنہٕ ژوٚرہٕ مَنہٕ مُنٛزُل کرَنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنَے

گوٚری بایہٕ پوٚترِ زایہٕ یشوادایہٕ آیے    ڈیشی ڈیشی دوٚپہس کرِشنس ییے

وہیسہٕ تَے دایہٕ ہُژ آسہٕ وِسنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنَے

دوٚدٕ ہاژر لاگ جِنَے یشودا ماجے    زوٗنُن نہٕ آمُت چھُ نَگرٕ ہُنٛد راجے

شوٗب موکھ ہُنٛدٕ تھَس اَدٕ تژبوَنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنَے

بوٚدٕ بژور دوٚدٕ ژوٚر دراو کھوٚچھے    گوٚری بابر ژھ پاری لاگ نہٕ بچھے

میٚٹھہٕ میٚٹھہٕ میٚٹھہٕ کیا چھُ بانہٕ پھُٹرنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنَے

یشودایہٕ دوٚپ چھُم دِشراونے    لکہٕ بایِن نِشہٕ مَنٛدٕ چھاونے

یَڈٕ بُڈیسے چھَپنہٕ یَڈٕ پوٚنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنَے

دوٚدٕ چینتھ ژُلنہٕ لَگاو جسوادایے    لاران تَس پَتہٕ ژھاران درایے

اَتھِ ہیٚتھ گُدوم اُنھی گنٛڈنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنَے

یس نہٕ موٚرتھ گرَ جِوٚرِتھ گنٛڈے    تَس مَنہٕ یَس چھُپنہٕ دوٚرِتھ گنٛڈے

گیٖان دِیان گنڈنس چھٕنہٕ پوشنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

تُس بٔلہ ویرس پتہٕ پتہٕ پھیران    ژھلہٕ ژھلہٕ ژلنہٕ بُل آیہ سوران

ہنتہٕ بٔدی اتہٕ گتھ منزٕ آنگنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

مٲج بٔلہ نچھ تہٕ عار آو نشتانس    میٖتھ بکھو تین ہُندٕ پوان بھگوانس

ژٹنس پانٕی پانہٕ دِتھ رٲودتنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گوٗنڈنس گٔدوم گوس بونہٕ ژھوٚٹے    نالیس کوستبہٕ مالے تژوٚٹے

اکھنڈ برہما نڈ آو شیچھنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

واٹان لوٚس اکھ اکبس سیتی    کُوہ زانہٕ گُدٲمی نتہٕ آسی کیتی

تو تہٕ تیز ہَن اَس بٔلہٕ ژھوٹنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گنڈنس بلکن باوِہ تن دِژے    مٲج ڈیشتھن واریاہ تیچھ ہشرے

گوٗنڈن نہٕ مٲج اَس تَس گنڈنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گوٚگ ریوش بوزن لجاو کرنے    گرہ گرہ بالکھ اسی ژرہ بنے

پٔژان اوس یام برہم اپنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سُے چھُے لۄگی نہٕ بیٚیہٕ اَنترے　　سُے چھے بۄگی دیشانترے

آرد گرٕ تہٕ اَمرٕنتہٕ بۆزنے

جَے جے جَے جے دیوکی نندنے

ژۆرہ آو بَرٛہما باوَ وُپچھنے　　گوٗرٟ شُری ہیتھ دٕزاو وُزھی رُپچھنے

وُزھی نیتھ ژھیپہ ہیتھ رۆد پیتھ وَنے

جَے جے جَے جے دیوکی نندنے

بیٚون بیٚون رنگہٕ رنگہٕ تیٚنتھی ییٚتھی گژھی　　کرٟی تھَس ژٕنیٛر کار شُری کہو وُزھی

گژھ چھا نہٕ برٛہما یُژ مَنٛدٕ چھنے

جَے جے جَے جے دیوکی نندنے

سٕہلاب پھرِ ہے سَنہٕ ووہ گینے　　جگہٕ غوصہٕ یُندر ازہ لۄگ ورٕشنے

چھیتہٕ کنہٕ اکہٕ ہیتھ ژہ گووردَنے

جَے جے جَے جے دیوکی نندنے

اَندرِمہٕ ژندرمہٕ شامہٕ سنہٕ ندرو　　یُندرس تہٕ کاٗسِتھ موہنی ندرو

ژھارتھ بہٕ مَتھراہٕ بِندرابنے

جَے جے جَے جے دیوکی نندنے

سٕنیتھ ژہے چھُک ہنے ہنے　　ژرہ ہیتھ ژرٟی جاٗنٛکُس سَنہٕ وَنے

وُنیتھ زون اکی شکدیو نے

جَے جے جَے جے دیوکی نندنے

سیٚیہ لکشمی چھس موکھ ہاونے　　شوب ژرِتن یُس کُن تھاونے

لیلا یہ چانہ رشری نارلیئے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

کاسنہ آمت زِ بار بُترا ئہ زِنسے! کا بدرِن لاگیھ اُس آمرِ ے

راج کرناون بٹیہ پانڈوَنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

شمش پال رازہ بیٹہ ذلاشِرے یگنیس پتہ بڑونٹھ پاُورِنی دِونڈے

پھنڈِہ پھنڈِہ اندِہ روُزِتھ مارُنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

کورو نہ مارہ گے کہا بھارتے کم کم اتہ رتھ رتھ مہارتھے

بڈِ مانہ سان رازہ دِری یوُدنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ژلہے نہ اُس کھے بلہندرس میثل نے گرِمہ ہے لدِرس نہ شِندرس

یادوَن نہ کھیے ڈیشہ اکہِ کھِنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

مایا چانی کُس وَنہ کس چھ وَنے پوش پُوزِ لاگہے ہو خوش یِوَنے

دِتہ درشُن تہ لگہ مایایہ ژھینے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بڑ ہمہ ویشنہ مہا دیوہ رُدرہ اپشوَ رامہ لکھشمنہ کرشنہ شامہ سوندرو

گالان زگ ثرے تہ ثرے ووپیوَنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

وٲندو وٕکھنٕک وٲندا ثٕتنٕے ! دیا ساگرہ نتہٕ شا ثٕتنٕے

سُتھ ژٕ ہتہٕ آنندٕ اَمرِتہٕ گنٕے

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوٕکی نندنٕے

یوٗگہٕ نِدرا ہیرٕ شیشہٕ ناگس وِیٹھٕے لکھشمی ہَرِدہ ہیتھ پادکُس ڈیٹھٕے

برہمانا ہرٕ وِشہٕ پدما سنٕے

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوٕکی نندنٕے

ہَرِ شمس گرنَم پورشہٕ رامو ! رٕچھتَم مُہ لوٗبہٕ کرو دٕ کامو

زہتہٕ ترٕ کول توٗرتہٕ پرتہٕ تڑیٔنٕے

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوٕکی نندنٕے

بَلوانَس آکھ ژھلہٕ راونٕے وامنہٕ پرپیٔے منہٕ کامنٕے

پوٗشی نہٕ پادن زگ پُشرنٕے

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوٕکی نندنٕے

نرسِمہٕ روپھ تَس پرہلادس تٕے ہوٗ تھس تیلہٕ بیلہٕ ہیوٗ یادس تٕے

کانپہٕ نیٖو ترٕ بھوَن چانہٕ گرزنٕے

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوٕکی نندنٕے

مُژ روپہٕ ستہٕ بھرتَس پالہٕ ونٕے ویدہٕ ہتہٕ سکھا سورگالہٕ دوٗنٕے

روٗڈ تھس ہوٹ بیہہٕ لوٗٹ گردنٕے

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوٕکی نندنٕے

کرمہٕ روپہٕ سمندر لجاکھ منڈنٕے بیوٗن بیوٗن رتن لجایے اَنڈنٕے

لکھشمی تھپھ کرُنے پادنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ڈراہ موکھ ماینہ آکھ راکھس بُتراتھ ایمنز ہیتھ ہرنیاکس

ژرہ اُلفتہ پلیٹ چھکھ پُومہ سامنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بُدھ ربہ گارگی نیر چھیرنے نگرہ ہتنرہ پییمژہ لژہ شیرنے

سیٔدی تہ سادہ بہان شوبہ دِرشنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

یا پو پوس شا پنی اندرے زنمک بہ نیاے کرژے رِوس اندرے

پرماتمہ آسے شرنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

وُدہ ہاتہ جوین زل سوزم تے زنمک پژیہ نہ زاشھہ منہ سوزم تے

آدہ کس گوندہ وندنی ہند پدنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

## وژن

پمپوشہ باغس منز وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم

ژوترُ ڈلہ چھکھ گنیت ناوے موشکہ واہنہ درگہ ناسم

مولا دارے دار وتھراوے باوے پننی غوصہ نہ غم

شُشہ دِل بڑہما ٹُکرہ پڑہجاوے ہمَس گھستھ چون آشرم
سوادشہ ٹھانہ تھانہ وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
دَشہ دِل کرشنہ ٹھکھ بُدبِچکہ چاوے گرڈا وانَن نِشاو پشہ بڑم
منہ پورکہ پُوری بہ وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
دادِ شہ دِل نیرکل سو بھاوے وزِشہ واہنہ الکھ تہ اگم
اَنا ہنتہ منڈلس منز وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
شوو دشہ دِل من مڈہ سو بھاوے دیو چھے وکھنان زلو آتم
وپشو دُزِ کرس منز وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
دُدل پرماتما گون گاوے موگی چھ تمنہ کرہ ونی دم شم
اگینیاپہ شیکھرس منز وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
سہسر دِل شیر پادن تراوے گورہ واکھ ستین دتھ ہادم
بتاہہ رُندرس منڈرس وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
زانی ہندہ زلہ سیتی تھل رُپھ ناوے سرہ زن پمپوش من پھولہ ہم
من میون منزل تہ لوٹ اُلراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
شینچھ ہیانی نیتوس بُلبلہ تہ کاوے اچھول باغس منز بیہ ہم
کچھ نادِ گچھ ڈبہ منز وتھراوے باوے پننی غوصہ تہ غم
پرماننددِ پراو سو کھ تہ ساوے گورہ موکھ مانُن چھے سوہم

مانہ اومانہ نِشہ روز نیر باوے
باوے پننی غوصہ تہ غم

موکھ کمل تہٕ بیٚیہ نابھ کملو      اَتھ کمل تہٕ بیٚیہ پاد کملو !

کملاسن تےٚ کمل آ کھشنےٚ

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوکی نندنےٚ

ہمپیوشہ باغکہ بوٚمبوٚرہ ییانے      عنٛبرہ دولہ بلہ گیہن گیہن چانے

عنٛبرہ تہٕ کوفوٗرن ناوےٚ تنےٚ

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوکی نندنےٚ

نارِ کاہہ ہشہ بےٚ مہا رازو !      وُنہ وُنہ آسےٚ بلہٕ منہ تازو !

کٔلہ یو ڈیکے چیوہ تہٕ ژنٛدرنےٚ

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوکی نندنےٚ

لکھشمی ہشرہ موکھ چھےٚ رِکھانی      سارنےٚ رأنین ہنٛز پٹہٕ رأنی !

رازہ دارس منٛز یٔژ شوبنےٚ

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوکی نندنےٚ

سوورن نہ سنز تےٚ ساما نہ سوزے      بھوٗما سوسنےٚ سامہ بزرہ کوٗرے

آسہ ژےٚ کرِتھ تمہ آیہ ورسنےٚ

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوکی نندنےٚ

رأنین منٛز باگ کرشنہ اوتارے      ژنٛدرمہ زن تہٕ تمہ رأنیہ تارے

تِہندے دفتہ آشں آکاشنےٚ

جےٚ جےٚ جےٚ جےٚ دیوکی نندنےٚ

بوٚمبرہ باغس زنتہٕ پھیرہ وُنےٚ      گرژہ ستی باغ یٔژ سوشتھ پوٗنےٚ

بھاگِوان باغوان اوس پھولئے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدَنَے

گِنٛبا نہٕ ناردس مَنہٕ وا سَنتَے    نَنتہٕ چھا سارنی نِشہٕ آ سَنتَے

وُچھنہٕ بیوٗن بیوٗن دٕزاوٕ دارنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدَنَے

کُنہٕ گرٕہ ڈیوٗٹھن سہٕ شٕران کرٕ نستَے    کُنہٕ گرٕہ ڈیوٗٹھن دھیان سَر نستَے

زَن یِس چھہٕ زَگہٕ مَنٛز ساری سوٕرنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَندنَے

کُنہٕ گرٕہی ہٕندی پھٕسنی وَتھراوان    کُنہٕ گرٕہ پٕژ ٹھِگنی رٕنٛگ کرٕہ ناوان!

پٕرٕ بیہِ پٕژ بھٕ گرٕہ ہابیہِ تھٕرٕہ چھاونَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَندنَے

کُنہٕ گرٕہ راٗنیہٕ کھورٕ چھٕلنس تَے    کُنہٕ گرٕہ سادگی جامہٕ وٕلنستَے!

سوٗ منہٕ تمنہٕ نَنہٕ مَلنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدَنَے

کُنہٕ گرٕہ دان کُنہٕ گیان وَنٕہ نستَے    کُنہٕ گرٕہ وَتھرنی پوشنی دستَے!

کُنہٕ گرٕہ پانی پانہٕ دھیان دارنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدَنَے

کُنہٕ گرٕہ کھانٛدر نہٕ کُنہٕ ووہ زھونَے    اُبشٹ اوس کرنس اشٹہٕ بارٕوے

نَشٹ اوس زَگہٕ ہٕندی کَشٹ کرنَے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدَنَے

تولان کُنہ سون روپہ نارژے ڈُزہ وان وزِ وزِ بندرے ہشرے
توشان گُنہ کُنہ رو شنے
جے جے جے جے دپوکی نشڑنے
کُنہ گرہ بھگوان گُری مولہ ناوان کُنہ گرہ شُرنے وپدہ پرہ ناوان
کنہ گرہ پوترہ زاہہ شادِ بڑنے
جے جے جے جے دپوکی نشدنے
کُنہ گرہ پیترِن کڑبہ کر نستے کُنہ پوترن مبکھلا تارِ نستے!
کنہ پوترن زرہ کاسہ ناونے
جے جے جے جے دپوکی نشدنے
کُنہ گرہ بروہ ہنے لالن ملے کُنہ گرہ ڈالہ نیرِ بالہ گوپالے
شرُ زن منہ منثر للہ ناونے
جے جے جے جے دپوکی نندنے
کُنہ جگ تہ کُنہ زگہ بارج ہلستے کُنہ تاج دِنہ کُنہ تاج ہلستے
شونکمت شہ یُس زگہ ڈُزہ ناونے
جے جے جے جے دپوکی نشدنے
شونگرہ ہے تہ بُرکمن ملہ ہس پارن کُنہ اتھواس کُنہ ژرہ مونجہ وارن
کُنہ تس سپتی سپتی اوس نتزنے
جے جے جے جے دپوکی نشدنے
ملهن رأینہ مُشکہ غنبرہ سانہ دتہ پھیرِ ہے وشمبرو

سارگی سازو سوٚنطوٗر وٚزٕنے

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدٔنے

کٔنہٕ گرِ اَنٛدٕری اَنٛدٕری سوٚرٕ منٛڈو لے    نارٕدس تہٕ تمہٕ سوٚرٕ سورمن ڈوٚلے

مُرارٕی موٚدٕلی سوٚرٕ واپِنے

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدنے

نارٕدٕ نٔگرٕ ہُنٛد سَت گورسوامی    تٔس تہٕ کیاہ بھگوان اَنتریامی

اَسِ تہٕ پٔرٕہسَن تہٕ ٹیٚر ژھارنے

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدنے

ناناکارے ، نانا دارے    نانا موٚکھ نانا دستارے

نارٕد تہٕ ڈیٚشی ڈیٚشی اوس اَرژنے

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدٔنے

سَروا شرٛینے سَروا مٔیے    اوٚد یہ روٚپیہٕ اروپ ابھٔیے

اِبھو تہٕ امرہتہٕ الکھِنے !

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدٔنے

سُہ پٔھے نٔگرٕ ہُنٛد اوٚش آسٕنے    سُے پٔھے باغَن پوٚشی آسٕنے

زٔن تٔس بُلبُل زٔن بوٗلنے

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدٔنے

پوٚشی یِنہٕ لوٗگی دیثان سوٚرٕ نٔستے    گیشان چھُپنہٕ پلزان زان کرٕنستے

چھاسا امرتھ ووٚچھنگھ نٔتٔرنے

جے جے جے جے دیوکی نٔنٛدٔنے

بُڈہِن ہُند بوڈ شُری باوسنے    پارٕ پارٕ لگہوس سارٕ ناوَس تے

وَنہ نے ہیرٕ نہ پھَل چھُنہ وَنُنے

جے جے جے دیوکی نَنْدَنے

سَمسار چھُے دارِکا تمُی سُنٛزٕ    تُسنْدُے نگرٕ تے تسٕنٛزٕ مَنٛزٕ

تھانہ دار پانہ بیوٚن بسُنے

جے جے جے دیوکی نَنْدَنے

گوٗپی بَن ہنٛدے گوٗپی ناتھو!    بَرتَل پرٛاران چھُسے اَناتھو!

مادھو یادوَن ہنٛدِہ آدنے

جے جے جے دیوکی نَنْدَنے

لکھشمی موکھ ہاوتَم بھگوانو    گرگر گوٗڑہ ہَم لکھشمی دانو!

پَرمانند آنند کا شُچھنے!

جے جے جے دیوکی نَنْدَنے

زانے مَنٛتر نہ تنتر تہ پاٹھے    بَھگوہ ساگرہ کیتھ سُمتُے شاٹھے

تارِ دِم مییٚ ناو چھِم ناوہ سُمرنے

جے جے جے دیوکی نَنْدَنے

زانے نہ پوزہ ہت شُہرہ نامے    گوٚم موکھ ہتھ آمت سوداے

مُنْش جِچھنہ چھم یُژ گُمہ ملونے

جے جے جے دیوکی نَنْدَنے

گرٛاکھے میلہ تہ ژلہ گبلونے    اَتھ چھُنہ ہی گرٛہ گرٛاکہ میلونے

کوم پھول تہ کوم موکلہ چھیڑ میلنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گورمنٹ ژبیہ وتوپہ کار وہ پدیشنے　　الیکاوشن اسکشہ مہیشنے

بوہ دِمان مودہ گب پلوٗز وِہ دَنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

دَرشانہِ چھکھ، ژیہِ روس وِرشنہ　　گمشدہ گووندہ گوپالہ کرشنہ

سرشٹی کارتے سیدر شنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بوزِتھ تی کینا پان پشراوے　　گیتا نہ شرمانہ ژزر پڑاوے

پرماتشرہ پرماتندنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سمسارس منز پڑاوِ سماوو　　نیتہ نیم یُس کرِہ چاٗنی سماوو

شرونہ منتہ رادیکا سنے!

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سوہ دام لبہِ یُس سوہ دامنے　　سوہ داہہ دوہ چیتہ سوہ دامنے

دُبارہ لگہ نندہ شُر دامنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے



# سوٗدام ژٕرِ ترٚ

سوٗدام جوٗ اوس یار بھگوانس  بالہٕ بھاو کیا تہٕ لوٚکچار بھگوانس
گٔژھ پانہٕ ژٕ دوٚن نۄژ بلنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

بیٚپرس پوٗشنک نہٕ ہیر بتالے  ہیرٕ یار گنڈٕنچ تہٕ ژوٗر جنجالے
بُل کس اوس پوشاکہ ژھلنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

ژٕچھنی چھیٚر ہٕن تہٕ کھوٚژری مٔلے  پٔچھن زن سرٕ کرہٕن سٔالے
اچھن دوٚن ہنٛدگاش لوٚگ کنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

آسن تم ... زٕرٕ موٗختے نارے  خاسین گنٛڈٕ ژٕ پوٚختے کارے
موٗلی زرٕ موخٕتہٕ پھلی لوکہٕ شوٗ لنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

گوٚرہٕ زانہٕ مانہٕ کیا زانہٕ باد ہرٕنے  زھالہٕ اوس ماران ڈڈالہٕ زن ہرنے
ہرٕ کھاسی اُتھہٕ ہتھہٕ موختہٕ مالگنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

گنڈہٕ ہٕن پانہٕ واٚنی مُسی اشبارے  وسہٕ ہٕن تہٕ کھسہٕ ہٕن اپیہٕ اٹہٕ بارے

بُڈ شانہ کڑی ہکھ شانہ پٹنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

شُری بھاوہ ہری موچھ کھٹی کھٹی نھامان   ژاپان پانہ واتی تے آپراوان

کھینس نہ دورہم مشہیک کھینے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

دتھہ اکہ لجی مٹر بوچھہ بھگوانس   نوونہ سپھول سورمت اوسس پانس

سوہ دام جیوس اوس منگنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

دوہیر ترمیر بتیر بتیر منگنے لجاس .   بوچھہ ونہ ہیترس ہیتر تھ وُچھہ ہاس

اکھ پھول دِیتنس نہ وتہ پیہ کارنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سری پھول ژور ژورِ کھیوسوہ دامن   پور یوس بترہ لوگ سمسارہ پامن

اکھہ چھوان سُہ بھگوان دور وُچھنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

منگنس تہ مرنس کنی وارنا   کرشنس یوداس نبہ آکار تا

نوتہ پیوس تیوت کروٹھ اتھہ وارنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

# وُژُن

ریٖہہ کتہٕ ٲکھتس منہٕ منٛز پیاو — دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو!

اَنگرہس پیٚنٛنے آنہٕ بھکوٕ ریٖچھ — اَنِس اَنہٕ گٹہٕ کیا کرٕ دیٖچھ

وُچھِ سِٕے لیس دیہہٕ اُچھ وُسراو — دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو

سورگَن چھِہ وُسرتھ دارِ نہٕ بَر — اژھِ زژھ ژٕرہ وِنہٕ تتھ اَندر

ہَرہٕ یس تھٕرِ گُل سُہ کیٚتھ کرِ کڑاو — دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو

دُہوہٕ لون زوٗن کمیٚ پرزہٕ ناوِتھ — ہیٚکی ہنتہٕ چھِہ کمیٚ کَس سِپرِ باوِتھ

ٲرِرے منزہٕ واو تارہٕ لس نہٕ ناو — دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو

چٕنہٕ کیٚ راوِ تَس لیس نہٕ دیٖہہ دے — دراٖلی دس سنہٕ زٕہتھ پوشس نہٕ وے

روٗنمُت اَن کنہٕ ہیٖیہٕ تَس چھاو — دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو

کٕروٗن ہَرہٕ جوٗ پاٗنی پانے — پیٚزِ بُتھ سَمبلس سامانے

کرمہٕ کھُریس ریٖہہ تَس کیا گڑاو — دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو

پَرمانشدہٕ وَنتہٕ سوٗ دامُن

دوٗہہ رتھ کُلیٚ سپے ریٖیا بامُن

ہر دِچھ زردِ یہٕ پوشِ پھولہٕ ناو

دیٖرنے داتہٕ لیس منگنے دڑاو

مُنگِتھ نہٕ میوٚنُس نہٕ لوٚگ گَلنَے     تَتیوٚس کوٚپ لوٚگ نہٕ سیدٕنے
کال اَگنہٕ رٔہِپِرِ یُس زَگہٕ زالنَے
جَے جَے جَے جَے دیوِکی نَندٕنے

رانیہٕ ہَمس یُس چھ بَرٕہماڈٕ اَنڈَے     اَکھنڈٕ پکھِ تَل ہیتھ نو کھنڈَے
تَیندے بچنَے چھِ بَچہٕ بچنَے
جَے جَے جَے جَے دیوِکی نَندٕنے

اَسان دَپنَے لجاو سٕہ دامَس     شٲرُ وگرِ موٚلہٕ دٔرالراز راٹھ نیامَس
ہیتھٕ دیُن پانہٕ وٲنی پَزٕ میٚتٕرنَے
جَے جَے جَے جَے دیوِکی نَندٕنے

دٔریدرہ کھجگوٲنی موکھہٕ وَکھنُستے     پٲنی دوٚ ہنَس تا اَتی پُلَس نَے
کُھنہٕ چھُنہٕ کرٕمک کھُر کا سَنَے
جَے جَے جَے جَے دیوِکی نَندٕنے

کھٔٹِتھ ہیوٚل ہیتھ روٗد بُتر اَژِے     دوٚہہ اکہٕ پھَل کیا دِیت نوہ زاژِے
وُوِہ یُس بُوٕہ تَس رتی پَنیٚنَے
جَے جَے جَے جَے دیوِکی نَندٕنے

یُس چھُے زگِہ ہُنٛد ماتا پیتا     کرٕمو مُوٗجوب کرٕمہٕ پھَل داتا
پُلٕنن کٲنسہٕ کینٛہہٕ چھُنہٕ دِوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوِکی نَندٕنے

نو ہتھ کیوٗنژ کال پانس پانس ۱۴۷ پگنئے ہیوٚن دُیُن ہنٛس وانس

شرط زِیوٚ تام آو بیٚتھنئے

جے جے جے جے دیوکی نندنئے

دِیواہ کارس آیے دوشوے سو دام چھو تہٕ بیٚیہ کیشوے

بیٚیمی لُب وِپتا تہٕ تمی لوٚب دٔنے

جے جے جے جے دیوکی نندنئے

بھگوان دوارکا لوٚگ لدُنے بُڈی رازہ مٲرِنی تہٕ لگی وَدنے

بوٚڈ رازہ بوٚو گوشہ راج زِینئے

جے جے جے جے دیوکی نندنئے

سو دامس گو وِنہیہ سو دامس ہیوٚن پیوٚس ٹلتے چوٚن پیوٚس دامس

نٹنئے لوٚگ زِچھم نہٕ ہٹیہ وَسنئے

جے جے جے جے دیوکی نندنئے

اَنگرِ ہیہ روٚس لوٚگ گرِ ہیہ بنٛدنے تی لوٚگ زِکرنے پی نہٕ بنٛدنے

رِشلہ وَرسن تس لگژ سنئے

جے جے جے جے دیوکی نندنئے

سورس سنپتا لوٚگ وہپتایے زہچھ اوس دوان وہیہ کتھ شایے

اُکوٗنی لوٚگمت بھاو شینکنئے

جے جے جے جے دیوکی نندنئے

پیٚن پاک آس بوٚہ مُرکھیتے اَلہ پالہ پھل تس تہٕ لوٚگ تتھ سِتے

کرمہ لون پڑون تس لونہ ناوئے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ہنگہ نیاس گوتس ہنگہ تے منگے — پارہ ذات کُل اوس پھٹی تس لنگے

بُرہ گومت لوگ لُکہ بَرنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گرہ کس تہ یارکس تہ کارکس نہ یائے — وارہ وارہ سو دام گو آوارے

ووتن نہ کانسہ کینہہ لوک وننے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

باری یا یوسہ تس سایہ بدی سنزے — موزورِ پھیرو وُنی اُس پڑتہ کنزے

منز یس سارنے سہ زوداندگنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

وِہنابہ زُوہتی کیتھ کنڈ تکہ تے — گیٹہ گیہ تنتہ منز زٹھ کنڈ تکہ تے

زھرٹھ اسی دوان کینہہ زھٹنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

شری کستہ بازکستہ دِین کستہ راتھرے — سو شیلا گیہ نژ آسے کاتھرے

پانہ واتی زم نز زانہہ شیچھ پیز ژھنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ڈیکہ لیس یہ آسہ تی ہیکہ کس چھلے — سوزے گلہ کرمہ پھل گلے

یژکال بُتھ حال اُسی بوگنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گناہٕ موکھ ٹیٖژ سوکھ آسہٕ وٕوٕنے    بھگوان یُس چھُے دوکھ کاسہٕ وٕونے

ژھو پاری اوسکھ منتہٕ پلسنے

جے جے جے جے دیوکی ننٛدنے

بھگوان دوٗارکاہٕ یش کرنستے    یا دوٗن مچلکہ اوٚرس مرنستے

شُھرین ہندی شری آسی زیونے

جے جے جے جے دیوکی ننٛدنے

گناہٕ وٕنی یادو شُری پانہٕ وٲنی    بکہٕ وہر اکھ اکس کھوتہٕ مان مٲنی

کرشنہٕ جو وُچھو وُچھی کرشنہٕ پوتنے

جے جے جے جے دیوکی ننٛدنے

دفہٕ ہہ اکہٕ سودام جبہٕ نہٕ پیوس یادے    انگریہہ واٮٚنیہ لوٗ ہنس ناہدے

لوکچارہ اسی نہٕ آسی یتھ گنٛدنے

جے جے جے جے دیوکی ننٛدنے

سودام پننس دٕرہدرہ یاوس    ناو کورتار زہے داٚرِس واوس

انگریہہ وٕنہٕ منٛزہ رزِ لمنے

جے جے جے جے دیوکی ننٛدنے

زڈہ برتھازن لوگمت دٕرس    پان پُشرتھ تس پرمیشورس

یُس ناچھُ پیتہٕ تتہٕ موکلاونے

جے جے جے جے دیوکی ننٛدنے

ذناٹری ننہٕ وٕنہٕ پھیرن تے    جٹہٕ تس رٕٹی ہتی ون کرٹھان تے

ژٕھتھ بھکھ دِنہٕ تَس نوٚ تے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

سَہتھ شہ نیٚھی ہی دوہ کھ تے داٲدی    دادٕین رٕنگہ رنگہ کھنتہٕ میتی لاٲدی

لٔدی مٔتی میتے میٔترن تہٕ چھم لادنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

نیتہٕ نیم کرہٕ وٕن بھَگوت لیلا    یوٚت تام یتھ پٔنیس ہٕنگرہہ ویلا

ڈٕنی ڈٕنی شہ وَنینے ڈٕنی دِوَنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

مٔنہ نِشہِ اَنہٕ لو دوہہ دٕکھ پانے    اَنتریامی شہ شری بھگوانے

پَرٛ کرٛزن بیوٚن بیوٚن زپر دِوَنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

سَمسارہ زالہٕ نیترٕ کٕس موکلے    یٔتھ بَیہِ دوہہ اَکہٕ پانے گلے

دٕرہ کمان پٔرأوِتھ نونہِ کیٛشا سَنٛنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

ٹَنتھ چھون دَرشُن شہ آسان تتے    نتہٕ جان آسان شہ آسان ییتے

کٔرتہٕ کرٛ ہوس ہتو پَرٛ تہٕ پلنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

کٔرٛھ نابہ توٚت بیتیہٕ کرشنہٕ اوتارے    رٹھٕہن نالے بالے یارے

منٛگھس نہٕ کینٛہہ حال چھس روشنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نَنٛدنے

گنڈنس ژہ یس سپتی لوکٹے    ڈوار کابہ رازہ چھتہ دارتھ ٹکٹے

شنکھ ژکر گدا تہ پدم آسنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گژھکھ ژہ تس نشہ وہتا سورے    وارلے پیر کینژ تہ پانے ہورے

ہورس نزاشہ چھنہ تس سورنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بوزتھ سو دام گور ہر شستے !    اندر ژم گیثان آس سپر سستے

بوز ویشہ یژرت وژاس پریشنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ارتھ آکھ آپدایہ اُس نا سنجھے    پرسن کرنے آکھ بستھے

وندک واوُ آکھ وونژہ ڈورنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سکھرہ لوگ پادہ گیہ تس پکھے    ڈورہ یہ زونمت اونس نکھے

سورہ سو کھہ لوتیوس بور لکھنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ونسے لوگ تس باری یایہ گنژے    کُن یار میوُن کیا گژھ تس گنے

اتھ چھوُن چھنہ کانشہ نور وانسے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

کرشنہ جولوٗد وو ذچھ نیرا کارے    اتھ چھوُن رتھ پاٹھی میترا چارے

ٹاٹھس سیتی آسہ ٹوٹھ میلنے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

فکرن ترامت یُنر منند پھیے ہارہ اکہ نار زن گومت لچھے

سنت یوّدچھ ساسن ساس زاننے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

میلنچ نہ آشا منگہن گاٹسے سو ننرمُت نہ ببہ کینہہ اوسکھ واٹسے

توّہ ژھٹی ژھٹی آس دوّہ برنے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

موّہ آکھ سوران لگو وِوہہکس سوہم شبدہ سیتی پوزان اپہکس

مانہ روّس ریوّہ ونی آس رونے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

رزہ کنہ وزہ پھولہ پوشے باغے وُزہ کنہ وزہ سو میٹھا زاگے

زنہ رتھ سزہ پوش آس ووتلنے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

ژھوٹمت توّہ تمہ پھلے پھلے کھل زن سوّمر ووُن حیلہ ہیلے

سری کوّم موہٹھ دژاپہ موچھ مورنے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

سدرے منزہ موختہ لدرے ڈالے ڈالان پھلہ پھلہ کرہ نس مالے

ارگہ پوشہ پوزہ ہن نارا ینے

جے جے جے جے دپوکی ننّدنے

پوٗزٕ پلوا اوس سوٗشپلایے گنڈنس کوٗم منہٕ تھٕتھی پیٹھ کہ دایے

نیٚبہٕ نٕشی پانہٕ رۄز پیٚنہٕ مرٕنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سو دام جیہ دزاو پیرِ نے ہیرنے وِپتایہ ہنزے تھہ اندھیرے

گرٛہن کوٗرمُت سہ انگرٛیہ ہنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

وِہراوس ڈول بۄ زٕتمہٕ وِپتایے ستٕرن گومُت وِشنہٕ مایایے

گکہٕ ہنٛد کرٛیکہٕ ناد اوس ہیکنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

اَتھہٕ چھوٗن تہٕ نیٚبہٕ نوٗن اوٗن زن گٔو وۄن لوٗگ رٹنے یار سہ گٔو

پکان تہٕ اَشہٕ کنہٕ موٗختہٕ چھکنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سو دام مَنٛدچھان وۄنہٕ وۄتہٕ پکان کوٗم موٗکھ مَیاٗنی کینتہٕ رٕٹہٕ شری کنگوان

موٗختہٕ چھُپس تشتہٕ اَنبارنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

رووُمُت اوس مَنزٕ مَنٛد چھینہٕ کُنے گُمٕژ وَنٛدہٕ تس موٗہنی وُنے

بچہٕ دُشہٕ کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ اوس بجنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

منہٕ دھیان دارِتھ نو ساری مُشی زاگتھ پرآوِتھ گیان مان اکہان ترٛاوِتھ!

پکہٕ گومُت ہُیٚر وَنہٕ پَکنے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدُنے

ننہٕ مَنہٕ اُچھ کنہٕ انہٕ تےٚ کھورَے     وُچھ وُن تہٕ بوزہ وُن پکہٕ وُن زورَے

نَنہٕ پَیکٕہ زورہ تور بھگوانَنے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدنے

وُنہٕ اوس وانَنے دۄار کایہٕ مَنٛدرو     سکھرٕ تھ رُودمُت سُہ شامے سونٛدرو

برُونٛٹھ نیرہٕ پارس سینتی رکھمَنے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدنے

اَتھہٕ ہیتھ پوشہٕ مال دوشوے باٗژِ     کرٛشنہٕ جوہ رکھمنہٕ کرِہ وُن ساٗژے

اَز ہیہٕ سوہ دام چھکھنہٕ تھکنے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدنے

یُس کانٛہہ زٕ اکھ یورَ تُس کُنُ نیرے     بھگوان داہ پھیرے تورہٕ تُس پھیرے

نیرہٕ چھُ نیرَن تہٕ دورِ دُورنے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدنے

سیوٗد ساوہ سوہ دام گرہ دراگیتھ پےٚ     دورِ نیرہ کتہٕ چھُم مارَے ہوٗتِ یے

وُدی وُدی ہُیٚر اوس ژوٗدی بُرنے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدنے

سَنٛدرس نھفاہ تُس انشِ نے دارے     ناو نتہٕ لِشانہٕ ناو کوٗت تارے

باو تُس ہاٗنز اُتھی تہٕ بیرہ ہاونے

جے جے جے جے دِپوکی نَنٛدنے

پکہٕ وُن شہ یارَس کُن زیرہٕ زیرے     غوصہٕ دژاس لوسہٕ یارہٕ ہشُزے وبے

وَدَن تہٕ لدَن سَگ کو سمنٕے

جَے جَے جَے دیوٕکی نندنٕے

لولہٕ سیتی وولہٕ ستہ ہیرہ بوہنہٕ پانٕے     نیتھہٕ نون تہٕ اَتھہٕ چھون دریٹھہٕ پوانٕے

جان پان کُستام پُشراوٕنے

جَے جَے جَے جَے دیوٕکی نَندنٕے

لارِ بیتھہ زِ سیوّدرس کُن سُہلابٕے     پکنش پکھہٕ تُس پلنٕے لابھے

گولاب باغہٕ منزہ لابھ لبنٕے

کَتھہٕ مُشراوِتھہ زنن ہنزٕے     موختہ لوٚبمُت یاٗنی پانس منزٕے

اَتھہٕ کھور تراوِتھہ تہٕ وَتہٕ لارنٕے

جَے جَے جَے جَے دیوٕکی نَندنٕے

پوٚژ پلوٚ بیٚیہٕ زمہٕ کوٚم موہ چھے     لاگمُت سوٚدام جوٚیژ منٛد چھے

مشہٕ بَس پان تَس چھُ مان نشنٕے

جَے جَے جَے جَے دیوٕکی نَندنٕے

بھگوَت رسہٕ اوس جنبہٕ ڈوٚلمُت یے     رسہٕ رسہٕ سَمسارَس ژوٚلمُت یے

دوارِکاہٕ واتتھہ چھُنہٕ زانٕنے

جَے جَے جَے جَے دیوٕکی نَندنٕے

بوٚمبرِ پیتھہٕ میلہٕ سیوّدرس منزٕے     شہلتھہ ترٛیلشہٕ ہوٚت پکراوہ سوٚزنٕے

بُبکھتی زَن چھہ دَرشنہٕ ترٛبھت ساپٛننٕے

جَے جَے جَے جَے دیوٕکی نَندنٕے

تھٔتے سو وام جھہ ووت ڈمبار کایے     آشرہ وچھنے لوٗگ مایا یے

موختہ ژھینی تہ ستھکہ دیاگی اَسی لدنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

سرہ یہ ژندرہہ نتہ پڑیدی کھنس تے     واوہ لوکہ پال تتہ لشہ ڈوٗلس تے

مند ورہ بنڈرہ لوٗک اوس ژھینے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

آکاشہ پیپٹھ کُن تیشتھہ پڑ ہکاشے     پاتال لوٗکس تہ توٗہ کے گاشے

ندگہ منتر ساس سرد پہ اوس چھکنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

دژاامتی تشلتھہ تم ننہ واری     شیپشہ ناگ پیرن لجنکھہ پاری!

بٹرو نٹھ کرشنہ جوٗ پتر پتر پرکھنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

توٗرہ دژاو بھگوان سو ورشنے     یوٗرہ سو وام جھہ گوٗ ارپنے

پانہ واٗنی وُچھنے لگی سو پنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

چھلکھہ اتھہ کھور سو وامس تے     لوٗگمت اوس بھگوت نامس تے

لگہ یُس تس تس چھ شُے لگنے

جے جے جے جے دپوکی نندنے

کوچھہ کیتھہ ہیتھہ یوگھہ آندریم گرے     کھوٗرہ ہتھہ رکھمن تہ اتھہ ایشرے

گِنڈنے لگِتھ تَس بِشتہ ہزارِ پنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سو دام جیو لوب تیتھے بھگوانَن — راترس مَنز ییتھ سری کیس نرانَن

نتہٕ لوب سَنتان سَندِ پنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بھگوان پرِکھمنہٕ کُن بِی وَنے — سو دام جیو چھُمنہٕ پران وَنے

پور کور ولٕ تہے دورِ پا تھَنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سو دام لوب مُت کہی تام پاٹھی — مُشرِتھ کرشنہٕ جوپرِکھمن تہٕ ناٹھی!

واٹھ آسہٕ آسَن پیٹھے ٹا ٹھنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بھگوان وَکھنان اوس پرِکھمنے — بھگتن جاے چھے مُنز مَنے

بُوزِتھ یہ پرِکھمن اُس وبھٹنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

لکہٕ وان کرشنہٕ جیو اوس تَس کو چھے — لوگمُت سو دام جیو مَند چھے

کرشنس کُن چھُنہٕ اُچھ مُزرنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

نتہٕ چھانُنتھ عشقٕ آسہٕ بِیہٕ لانسے — یمی تپسیا آسہٕ کرہٕ ژ وانسے

عشقس چھُنہٕ ییتھ پریم بَرنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

تِوہ کنہٕ بھگوان وِلہٕ وننس تے    دِلہٕ چھے جِہیہ کیاہ نوہ کھنہٕ نس تے

پانچن پونز تس اوس مینے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

لوگ تس پتہٕ زھنے ییہ ییہ پتہٕ یٔیی    آکھ کنہٕ آسان چھک کتھ شیی

اچھ لوسہٕ وِپھ چھنہٕ نز زانہہ ڈلشنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

مے کیثٕت سو دامہٕ اُنزٕ ہے کینژھا    وُنزٕ زٕ ہم شیچھ لوز ژلِہم وننژھا

ہیتٕرس نشہٕ چھنہٕ چھون یونے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

وُچھتہٕ سو دامہٕ تمہٕ تونے موہچھے    یُژ کال کھینہٕ کھینہٕ پوٚرم لوچھے

ہور نہٕ روٚس رہن چھنہٕ اندنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ژھاران کژشہٕ جُو اوس تھپکنے    پرے اوس ییرہ وُن ویٔشنہٕ بگھنتنے

پتی کوٚم مو کھ یُژ ژھارنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ہوبرہ برہ بھگوان چھنہٕ کاٗنسہٕ چھہران    ییٚدآسہٕ یوٗگی تہٕ پوٚرمُت پوران

لِکھہٕ چھ گوڈہ پُرون چُکاونے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ژھارنہٕ لوٚگ تتھ ژھینمٕز پوٚژرے    وَنہٕ کیاہ کوٗژھا کمہٕ نام روژرے

سستہ زَن یِتھ کیاچھ تس زھارنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

گنڈِس ہیری پھوٗل لوٗب زن شوٗرے  ییتھ نأسہ وُچھنس تتھ اوس دوٗرے

تنہ کیا آیہ سپنہ بوچھ ہیدرنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

بوچھ ہوت سُہ سوٗدام کوٚچھ ہیوٚن تے  موکھ گوس سوکھ اوس سوٗدامُن تے

سوٗدامہ چھمنہ یُز ستر یہ شیہلنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

دوہ بہ پھرہ بھگوانی موچھ موچھ بھوکوم  آ بڑہمہ، استھمہ، پرنیتم !

تڑییمہ پرکھمن اتھ رٹنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ژوہ یاری پانے اوس وُچھانے  سوٗدام کُنہ نتہ اوس بھگوانے

بھگوان میلہِ نا تیتھئے ہُگھی تیئنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سستہ لوٗمکایہ اوس یتھ کُن ترأوتھ  سنتہ ژیتھ آنند رہِ ییس پرأوِتھ

ژنتہ نا یہ ڈوٗلمت تہ ژیتہ رینہے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سوٗرس تڑیش انہ سرہ کے شرانے  پمپوش سرہ گو، نہ بوٗ مبوٗریلنے

پرما تما ژھأرتھ نہ پرمأتنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سو دام شری بھگوانس پرٲوِتھ   تس رۆس پی اوس تِی اوس پرٲوِتھ

سو کھ سان پرٲوِتھ سو کھ سا کھشنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ژلِ رہن تس لیُس پانے ہورے   سور سو کھ لبہ یُس پانس سوئرے

ژہنتا منہ لبہ ژہنتا منے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

دژاو تتہ پرٲوِتھ سو کھ گیتانے   نٲوِتھ تن من سٲوِتھ پانے

رٲوِتھ بینہ کیا چھُ اتھ یونے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

لُجمر نہ اتھ توہ رانے دارے   ناوہ تارس کرژ اکھ کھنڈ ہارے

ہارہ تس پے کنزہ یژر آ سنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

کونہ برزہ سنزیُس نُبھ پرادے   سمسارہ ساگرہ تورِ مُت ناوے

واذ زن پکہ ون سری بر پژ زنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

زل تھل مشراوِتھ نِبشکلے   سویے کل منہ انس صیقلے

ہوکلِتو مت زنمنہ زَ نمتنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

کِنتھ پاٹھی آمت میلتھ سُہ پارس   وو ت بیلہ پنُنس پرانس دارس

ڈچھنہ تہ کھووِرِ اوس وُچھنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

رُوزِتھ تہ گُنہ پنزہ بوُزِتھ کنھے    دِنہ نیار پرٛاوِتھ تہ چھنہ اسیکے!

پننہ پأرِ پننی چھنہ ڈیشنے!

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سوٚ ییے دْوارکا تہ سُے سوٚدام تتے    سُے کرشنہ جوٗ تتہ ڈیوٗ ٹھن ییتھے

اسہ وُن تہ گنڈہ وُن یُز ویسنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

لوٚ سمت تہ لوٚ سمت سوٚ ستھ اکالے    پھرُوس پرٛوومُت کہی نام تیتھہ حالے

منہ ساوِدان گومُت اسنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سوٚ ش پلا یہ وأتز لُنگہ یہ ویلا    کرٛشنس کرُ فِر اُسس لیلا

زونم، پٹراوِنز اسکھینے!

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سوٚ ش پلا تمہ کمہ تانز سوٚ کھے    سوٚ دامس چھنہ ڈیشان موکھے

سور سوٚ کہ تس روٚس دوٚ کہ بنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

ڈیوٗ ٹھن سوٚدام جیو تمہ تانز دْونے    سرِ یہ زُن چمکان کھوٗ تمُت پوٗرے

گولش اگنبھان سوٚ پڑکا شنے

جے جے جے جے دیوکی نندنے

سہ دام رازہ بوٗوپننس ہگرس    ہگرس کمیٔ دۄپ پننس اگرس
اگوٗرہ تیہٕ بتھ بوٗگ بوٗ گنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

ووٗنمت نہٕ وکھنو مت چھے وپدو    ووٗن رٹھ پی ووٗنمت چھے وپدو
بھگوان بھاگوان کران تکھو نینے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

یس کاتنسہٕ بھگوان پانے گارہ کیا    پننہٕ پار پننی بنہٕ تس دوارکا!
لگہٕ ننرہٕ پتہٕ پترہ دیہہ پرہٕ نلنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

پرمانندہ کیا چھُ نوٗن ونونے    زانُن چھُ پانے پان پننو نے
تی زان گیثانی چھُ یی زاننے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

اَرپن گژھہ تس نارایننس !    سُے چھے ہنہٕ ہنہٕ واتتھ زونس
مایا زان چھے زیوٗن تہٕ مرنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

کۄشہہ چھنہٕ تس روٗس رہیہ نلنے    سُے شری کرشن نہٕ سُے سہ دلنے
سُے زن دی چھے لوہے ونلنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

پننے پیتھرہ یُس کوشہہ پترہ روزے    دُشرہِ زانہہ لگہٕ ننرہٕ پانے بوزے

کینژ یُس گتھ تَس پیُرہ ناوِ مَنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

پَرمانٛندہ پیُٹھ پرمہ آنٛندٕے روزِبس نہٕ کاٹھ ہتا۔ مانٛدٕے
سَسپرِہ کیتہ آسس پوٗرت اژنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

پی پیۄ برِونٛہہ تی تی ژلے زگرِ ہُند پیمان تٔے اَبھمان گالے
پانٔے آسہِ اَدِہ پان زانٔنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

سوکھ دوکھ وِپدنٛشِید زانٛتھ وائے اَسار زانٛتھ آسہِ سمسارٕے
اَوِدیاس آسنہٕ پانٔے کھارنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

گُنٔے چھُ سالگرام پیُرہ پوٗزایے گُنٔے پھیُرِتھ کنہِ رتن دژایے
چھُنٔے چھیُنہ کنٛژ کنتھ ازانٔنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

بیٚبہ چھُنہٕ کونٛہہ کیاہ ونِس پننٔے پانٔس سیٖتی یُس چھُ پانٔس چھوٗنٔے
مُہہ آنٛہہ بیوٗن موکھہ چھاوٗنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

سروانٛگے یُس چھُ نانا سانٛگے گھٹی کھٹی کیا پرِدہ ژٹڈ ژٹڈ نانٛگے
ماٛنگے ما چھُ پیٛمہ کنتھ میلنٔے
جَے جَے جَے دیوی نَنٛدنٔے

# لَفظہٕ زان

| لَفظ | زان |
| --- | --- |
| آتما | رۄح ۔ طوطہٕ یُس جِسمکِس پَنجرس مَنٛز بولان چھُ |
| آپدا | مُصیبتھ ۔ کھوٚٹ کاُم |
| آدر | بَزَتھ ۔ بجر ۔ نھزر |
| آدِرٛشت | گوڈ تہٕ اَنٛد ۔ اَزل تہٕ اَبد |
| آدِکار | حق ۔ یخِتیار |
| آدپتی | میکس سٔدرِ مۄجوب چھُ "راحدس" بہٕ ناوسبھٹا پَنٛھ کالہٕ دِنہٕ آمُت ۔ |
| آسن | یۄگہٕ اَبیاسَس مَنٛز جِسم ڈٔنٛجہٕ تھاونک طرٖیقہٕ ۔ بِہنہٕ جاے۔ |
| آشرم | زِندگی ہُنٛد اَکھ پڑاو ۔ ہِندۄ دھرمہٕ مۄجوب چھَ اِنسانی زِندگی ژۄن حصَن مَنٛز باگرنہٕ آمٕژ ۔ برٛہمچاری آشرم ۔ گرٛہست آشرم ۔ بان پرٛہت آشرم ، سَنیاس آشرم ۔ روزَن جاے ۔ جنگلی ٹھکانہٕ ۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| آتش زر | عوغجو بہر۔ حاراَٹی۔ |
| آکار | نشانہٕ |
| آکاش | آسمان ۔ سپٹھا چالاک ۔ نبُ |
| آنند | رۄحانی مسرت۔ |
| اَبلاش | کلُ ۔ اُمار |
| اَبھاگت | پھیرہ وُن۔ فقیر ۔ کم پایہ ۔ مُفلِس۔ |
| اَبید | کشکہ رۄس ۔ منٛکلہ پیٹھ یم پونسہ لُکھ دِکھنایہ ژٕنگی نزاوان چھ تِتھ تہ چھ اَبید وَنان ۔ فرق چھنہ کینٛہہ سوزِرے چھُ گۄنہ۔ |
| اَبھمان | بِہ چھُس ۔ انا |
| اَپراد | گوناہ ۔ ناکارہ کام۔ |
| اُپنشد | ویدن ہٕندی ترجمہ یم پۄتُس لیکھنہ آیہ۔ |
| اپوشان | ہیون سۄکلنہ پننہ پان لوہ۔ |
| اَجودھیا | رانہِ دشرتھ تہٕ رامہ ژٔندرنی رازدانی۔ |
| اَرپن | قربان ۔ فِدا۔ نالوِ دین۔ |
| اَرگ | گُرزہ نووُمت توٚمُل یُس پوزِ چھُ لاگنہ یوان۔ |
| اَرُن | صُبحُک دیوتا۔ یہ چھُ کشپ پُترِ اتی سُندہ نیچو۔ یُوسے |

| لَفظ | زان |
| --- | --- |
| | چھُس گُرُڈیُس وُشنوہس سوار۔ پانہٕ چھُ اُرُن سرد پہٕ ٹھُند رَتھ بان۔ |
| اَرن ڈتی | وِشمشٹ رِیٚشی یسُنٛز خامار ہیٚنی۔ |
| اَرکھ | سِری پیڑ۔ |
| اَساد | سوٗ جایہِ یٚیتِھ مَرُک تَصوُر ختم چھُ گژھان۔ |
| اَست | لوسُن۔ ژُنتی گژھُن۔ |
| اَستوتھ | شُکر۔ حمد۔ شُکرانہٕ۔ |
| اُسر | ظاٗلِم۔ |
| اَکبر | کٔنٛسِنس سالہٕ ہوٗ ہنزی ٹھُند ناو۔ بُس ہوٗنس پیٹھٕ تٔمی گوگلِن سالُس وُننہٕ تہٕ کرٛشنَس نالہٕ لاگنہٕ باپتھ سوزمُت اوس۔ |
| اَگسَت | اَکھ رِیٚوش یٔمی سَمنٛدرس دام دیٚتنا۔ |
| اَگم | پُزی پاٹھی۔ بلاکٔنگ |
| اَگنی | نارُک تہٕ گاشُک دیوتا۔ |
| اَگوٗ زر | سُہ یُس کانٛسہِ ہُنٛد اثر سپدہ نہٕ۔ |
| اَمر | یُس زانٛہہ مَرہ نہٕ۔ |
| اَمراوتی | سوٗ رِگُک اَکھ شہر یَتھ یمیُک راژہ یٔنٛدرازہ چھُ۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| اَمرِیتھ | آبِ حیات، کھیرہ ساگر مَنڈِنہٕ یِم ستہ چیز بوٗد کھتِھ تِمَن منز اوس اَمرِیتھ تہٕ شامِل۔ |
| اَناد | لامحدُود۔ اَنتھ رُوٗس۔ |
| اَنادے | عَظیم تہٕ لامحدُود رۄح۔ |
| اَناہَت | اوم |
| اَنتَریامی | سوٗرُے زانَن دول یُس پرٛتھ کُنہِ جاے ہِس پیٹھ نظر چھُ۔ |
| اَنُگرَہہ | مہربانی۔ پرٛزر۔ |
| اناتھ | ڈٲکھِہ رُوٗس۔ یُس نہٕ کانٛہہ اَتھہٕ رٹَن آسہِ۔ |
| اَندھکار | اَنہٕ گٹہٕ۔ ٹھلار۔ تَکھر۔ |
| اَوُشا | دیوی۔ |
| اوم | سہ مُتبرک لفظ یُس پاٹھ وید یا کانٛہہ منترٕ پرَن وِزِ گوڈہ تہٕ پوٗرس زیرِ پیٹھ چھُ ہینہٕ یوان۔ اَمیُک مانے چھُ عظیم قوٗت۔ اَبدی مسرت۔ کُنے۔ |
| اَوِناش | یَتھ نہٕ فنا آسہِ۔ |
| اَوِدیا | نہٕ زانُن۔ جہالت۔ غفلت۔ نہٕ زانُن یُس اصلس گُمراہ بہتھ نقل چھُ برٛونٛہہ کُن انان۔ |
| ایکاگرت | روٗحٲنی سوکون۔ مَن تہٕ زیتھ ڈیشِہ تھاوُن |

| لفظ | زان |
|---|---|
| باسکر | پژ پژ لۆن سِری یہ۔ |
| باندورنہٕ | ٹۆلُق ۔ رِشتہٕ ۔ واٹھ |
| بٕمرشَب | دانٛد |
| برٛہمچاری | بیٚیٛمی نیٚیتھر آسنہٕ کوٗرٕمُت۔ |
| برٛہما | پاٗدا بیشنہٕ ہُند مالِک ۔ ترٛمۆرتی ہُند گوڈنیُک دیوتا۔ |
| برٛہمادِک | بُڈی ریٚشی ییمو پان پرزٕ نوومُت آسہِ۔ |
| برٛہم رِیوٗش | تھۆد ریٚوش ۔ ریٚشتیُک تھۆد مقام۔ |
| برٛہم گیان | شہٕ عظیم قوٗوتہٕ ییمتھ دے وَنان چھ پرزٕ ناوُن۔ |
| ہیرٛبتال | مشہوٗر ہالہِ گیندن وول ۔ |
| برٛہمسپی | عِلمُک دیوتا ۔ دیہٕ تِہُن ہُند کول برٛیہمُن۔ |
| برٛیہمُن | عظیم رُح ۔ ژۆرن زاژن منٛز تھزٕ ذات۔ |
| برکھبان | رادھا ہٕنٛز ہُند مول۔ |
| بَل | طاقت ۔ زور ۔ |
| بَلرام | بھگوان کرٛشنہٕ سُند بُموے ۔ یِم دوشوے یاہَے اُسی وشنوٗ سُند اوتار۔ بَلرامس ہتھیار چھ آلہِ ۔ |
| بُدھ | بھگوان بُدھ ۔ عقلہِ وول۔ |
| بھاگوان | ڈیکہٕ بوڈ ۔ بختہٕ بوڈ ۔ قسمتہٕ وول۔ |

| لفظ | وِضاحت |
| --- | --- |
| بھاگیرتی | گنگا بہ ہُنٛد بیاکھ ناو۔ |
| بھاونا | عقیدت ۔ احترام |
| بھاوِہ رُوپ | مثبت فِطرت |
| بھوشن | لال ۔ جواہر |
| بھوگتا | لُطف تُلن وول |
| بھووِ سر | یہ مادی دُنیا |
| بھیشم | کوروَن تہٕ پانڈوَن ہُنٛد بِتِرہ بُڈ بَب ۔ مأل سُنٛزٕ خٲہش پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ رُود یہ وُمرہ خانٛدرٕ روٗستُے۔ وَنُدس منٛز چھُہ اُمِس بھیشمٕ اُکھم دِتہٕ سأری تریش دِوان ۔ بھیشم اوس سٹھاہ طاقتہٕ وول۔ مہابھارتکس جنٛگس منٛز اوس یہ کوروَن ہُنٛدِ طرفہٕ لڑان تہٕ اَرجنَنہٕ گو سوورگس۔ |
| بکھتی | وہ شُند بے پناہ لول۔ |
| پرہ | گوناہ ۔ پتہ مرِ زُٹھک بار |
| پانٛژ | ذوٗ ڈوٗریگ شُر ژھین پٕٹھہٕ منٛز آب بوٗن وَسہِ۔ یہ چھُ آب میٖننک پیمانہ تہٕ۔ |
| پانِنی | موشوٗر سنسکرت گرامر نویس۔ |

| لفظ | وَکھنے |
| --- | --- |
| پتی | شنگر |
| پرادین | زوہمین ماتحت۔ |
| پرالبد | حصہ۔ بوگ۔ نصیبہ |
| پران | شاہ |
| پرانایام | یوگہ ابیاسس منز شاہ قوبو کرن۔ |
| پرجاتا | سوہ رنگک اکھ پوش۔ |
| پرساد | دیہ سنز مہربانی۔ نویذ۔ |
| پرسرام | بھگوان وشنو سند شییم اوتار۔ |
| پرسند | خوش۔ شاد۔ |
| پرشانت | بیٹھ ساری حواس قوبوس پدن۔ |
| پرشوتم | عظیم قوت۔ بھگوان کرشنہ سند اکھ ناو۔ |
| پرکرتی | فطرت |
| پرم آنند | سو پوشہ ونی مستی یتھ جورہ چھنہ۔ |
| پرمارتھ | معہ کجارنہ دے پراونچ وتھ۔ |
| پرمیشراپتی | کائینات بناون وول سارنے زوہہ ناژن ہند مالک۔ |
| پربدی کھین | طواف کرن۔ اندی اندی چکر دین۔ |
| پشکر | سبز رنگہ پوش۔ |

| لفظ | وُکھنے |
| --- | --- |
| پُوتنا | اکھ دیۆژ ییٚمی سٕندِس دوٚدس منٛز زہر اوس۔ کمساسۆرن سۆز سۆ گوکل زِ کرُشنس چاوِہ سۆ دوٚد تہٕ واتنا وٕپس آزار۔ پۆز ییٚمی تَس کرُشنَس زٕہر دیُت سۆ موو۔ |
| پوٚرُش | اِنسانَس منٛز موجوٗد سُہ جوٗہر یَتھ نہٕ فنا چھُ۔ عقلمنٛد ریۆش۔ |
| پوٚرُشہ کار | پرٛژہ کامہٕ۔ |
| پوٚشتہٕ | مُبارک۔ اثر واتٕنُے۔ |
| پیٚتر | رَم یم موٗدی مِتی آسن۔ |
| ترٛاہہٕ | رٔچھ۔ نیٚظر کر۔ |
| ترٛزیٚت | بوچھ روٗس۔ مَس۔ |
| توٚرگ | گُرٕ۔ |
| تُنہٕ | سیُر۔ ژال۔ |
| تیٚپر | خوبصوٗرتی۔ زٔنبی جار۔ گار۔ |
| دَناتٔری | اَکِس رَیشی سُنٛد ناو۔ |
| دٔرشٹانٛت | ٹاکارہ۔ صاف۔ اَچھن برٛونٛہہ کُنہٕ۔ |
| دٔرشٹی | نَظر |
| دارِکا | بھگوان کرُشنٕہ سُنٛد آباد کوٗرمُت اَکھ شہر۔ |

| لَفظ | زان |
|---|---|
| درگا | ماتا پارٛوتی ہُنٛد اکھ روٗپ یُس خوفناک چھُ۔ |
| درُورسا | اکھ رێوش۔ |
| دٔرِیدٕر | مُفلِس ، غریب |
| دُشنا | دوگنِیار۔ |
| دورلَب | مُشکِل ۔ کٔڈر ۔ سخت۔ |
| دیش وکال | وَق تہٕ وِرٕ |
| دیو | دِوتا |
| دیو کنیا | دِوتا سٕنٛز اَنٛہرِش کوٗر۔ |
| دیوکی | بھگوان کرشنٕ سٕنٛز ماج۔ |
| دیولوک | سُہ دُنیا یَتھ اَنٛدر دِوتا چھ روزان۔ |
| دیوی | ماجہٕ پارٛوتی ہُنٛد چھُ یہٕ تہٕ اکھ۔ |
| دھارنا | یوٗگہٕ اَبیاسَس منٛز پنُن خیال کُنہٕ اَکِس مرکزَس پیٹھ ڈُرراوُن۔ |
| دَھب | اکھ گاسہٕ یُس سپٹھاہ پوٚتر چھُ مانہٕ یِوان۔ |
| دھرم | پزر ۔ سٕنٛز وَتھ۔ |
| دھیان | واقعہ بطورِ اکھ مذہبی عمل یُتھ اِنسانس وِدنٛدٕ چ نظر ییٚلہٕ گژھِ۔ |
| ڈَنٛڈ | سزا۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| ڈنڈوت | پادن پیٚون ۔ |
| راس | رقصُک اَکھ خاص قسم۔ |
| راوٕن | لنکایہ ہُنٛد راژہ یُس رامہ زٕ ندرمنہ اَتھہ مارہ گو۔ |
| رتی | کامدیوٕنۍ زنانہٕ ۔ اُمس چھ کاما لکاتہٕ وَنان۔ |
| رتن | موٗلُل لال۔ |
| روٗدر | ویدک دورس منز اوس یہ طوٗفانی دیوتہن ہُنٛد مُشترکہ ناو۔ مگر پوٗران کالس منز پیوٚو یہ ناو شیوہ ناتھس تہٕ باقی روٗدرن چھ تہنٛدٕ اولاد گنزرا وہٕ یوان ۔ روٗدرُک لفظی مانے چھ کھوژہ وُن۔ |
| ریل | لوکٕٹ زمینہ ڈٲر۔ ییتھ زوہ داہ کھٔر تامیتھ۔ دانہٕ وغیرہ آسہ۔ خوشُک زمینس چھتہ اکثر ریلہ آسان۔ لفظِ ریل چھُ اکثر دان زمینس سیتی استعمال سپدان۔ |
| ذاتُک | ستارن ہندِ علمہ موٗجوب گژھند کرِتھ بڑو ونیتھ بنہ والین واقاتن ہُنٛد تفصیل۔ کشیرہ منز چھ گمرس منز بُن تمام بازن ذاتُک آسان۔ |
| زنک رازہ | سیتا یہٕ ہُنٛد رچھن مول ۔ رازہ آسنہ علاوہ اوس یہ سلطھا عالم تہ پرژہ کامہ کرن وول۔ اُمس چھُ رٛیشین ہُنٛد مقام دِنہٕ آمُت۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| ژراژر | ترٛ سوٗرے بٕ یَتھ کاپہناتُس مَنٛز موٗجوٗد چھُ۔ |
| سارگی | سوٗرٕگی۔ جِنٛتکی۔ |
| ساس | بڑٕ ییٖنہٕ سوٗر، گنہار سوٗر دسوٗرکی بَم قسم اَسی بڑوٗنٛہٕ پکو چھِلنَس لگان) داہ ہتھ۔ |
| سالگرام | خوبصورت پوٗنٛل رٕبھگوان وِشنو سنٛز شبیہہ۔ |
| سامرتھ | طاقت۔ ہِمت۔ جبروٗت۔ |
| سایم | شام۔ |
| سادھنا | روٗحانی نظم وضبط۔ |
| ساکھیات | نوٗن۔ ٹاکارٕ۔ بڑو ثھٹھ کنہٕ۔ |
| سَت شنگ | پرژٕ صوٗحبَتھ بجھجن کیرتَن۔ |
| ست گور | پوٗز موٗرشِد۔ بڑٕ یہ ہمَن۔ |
| سَتہٕ وادی | پوٗز وَنَن وول۔ پزرِس پیٹھ یقین تھاوَن وول۔ |
| ستہٕ بھڑتھ | یہ چھُہٕ اَکھ ریوٗش اوسمُت۔ اُمی کوٗر راکھسَن ہُند ناش کرناونہ باپت وِشنو سُند نتھ۔ اُخرس مَنٛز ہیوٗت وِشنوٗ مَن گاڈٕ روٗپس مَنٛز اَوتار۔ اَمہٕ وقتہٕ اَسی راکھسو دِتاسَنت تنگ کٔری مِتی۔ |
| سروٗپ | دیوٕ سنٛز گتھ بمرزہٕ ناوٕنی شکل۔ آکار۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| سرشٹی کار | پاؔداؔ پیشہٕ وۄ جوٗد دِنہٕ وول ۔ برٛہما |
| سَرسوٗتی | عقلہٕ ہٕنز عٔلِمچ دیوی۔ |
| سَروہٕ مُکتی | سارنے ہُنٛد موکجار۔ |
| سکنٛد | باب ۔ حصہ ۔ بوگ۔ |
| سَمواد | کتھ باتھ ۔ بحث و مُباحثہٕ۔ |
| سمہ درشٹ | سارنے اَکے نظرہ سان وُچھُن۔ ہشرہ سان وُچھُن۔ |
| سنپتا | رادعا بہ ہشر مٔرج ۔ بجاَے ۔ پایہ جاَئی۔ سُمت۔ |
| سنتوش | قناعت، کم خرچی ۔ پننس آسنس پیٹھ مطمئن روزُن۔ |
| سنکٹ | تکلیف ۔ دُگ ۔ مصیبت۔ |
| سنکلپ | دُنیاَہِچ ولوِہ ہار۔ کاَم کار ۔ غم و فکر۔ |
| سنوکھ | بڑو نٹھ کُنہ ۔ وَنہٕ ہُن۔ |
| شُنزرٛیتھ | پَلرٕ پس انداز۔ پِتھ کُن ۔ موٗجوٗد۔ |
| سوٗدام | بھگوان کرشنہٕ سُنٛد لوکچار کُٹ یار۔ |
| سورگ | زُت کرن واَلی چھ مرنہٕ پتہٕ سورگس گژھان تہٕ پننین جان کرمن ہُنٛد پھل تُلان ۔ سورگس گژھنہٕ چھ انسانس پننہٕ زُنم ہیتوں پیوان ۔ سورگس گژھُن چھُنہٕ انسانس پننہٕ گژھنہٕ نیتہٕ موکجار دِوان ۔ سورگ بادشاہ چھُ ہُنٛدرازہٕ۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| سوٚنگا دیکھ | سۆرٕ وُچھ وُن۔ |
| سوشیلا | سوداٮ۪منی زنانہٕ۔ |
| سوٚہم | انا الحق۔ ہے چھُس سُہ۔ آتماہَس تہٕ پرماتمَس چھُ واٹھ۔ |
| سوٚہم پرٛکاش | وونٛدٕ گاشرُن۔ |
| سٚہزٕ بھاو | پان پَرزٕ ناوُن۔ آتماہَس تہٕ پرماتمَس رابطہٕ قایم سپدُن۔ |
| سہسر نامہٕ | سائن ناوَن ہنٛز کتاب۔ |
| شرٛنگ | کوہہ نھوٚنگ۔ کوہہ تینتوٗل۔ کوہہ تال۔ |
| شرٛدھا | یقین اعتماد۔ پٔژھ۔ |
| شرناگتہٕ | کھورن تَل جاے رٹنی۔ پناہ منگُن۔ |
| شَش | زوٗن۔ |
| شکتی | طاقت۔ ماتا پاروَتی ہُنٛد اکھ ناو۔ |
| شَش کَل | تالس ہیٚرٕ کنہٕ مرکزٕ منزٕ چھُ اکھ رس نیران یَتھ چھ شش کل ونان۔ |
| شَشوٗپال | اکھ راژٕ یُس بھگوان کرشنَس سٕتؠ دُشمنی اُس۔ |
| شامہ سوندر | ہلکہٕ نیلہٕ رنگہٕ ماری موٚند۔ بھگوان کرشن۔ |
| شنکا | شک۔ پھیبرٕ۔ |
| شَنکھ چوٚ | اکھ ربُوش یٮ۪مہٕ سٕتؠ زیادٕ بھاگوت چھُ وَننہٕ آمُت۔ |

| ژان | لفظ |
| --- | --- |
| شیوہ ناکھن اکھ ناو | شنکر |
| طماہ ۔ لالچ | شواس |
| اکھ سرپھ یس ساس موکھ چھ ۔ یتھ پیٹھ بھگوان وشنو سندر آرام جاے۔ | شیش ناگ |
| بھگوان شنکر سند عام ناو۔ شیوس متلق چھ شمالی تہ جنوبی ہندوستانس منز الگ الگ تصورات تہ عقیدہ۔ موہنجوداڑو تہذیبکی باقی کار، لگھ تہ امسی شیوہ سنز پوزا کران۔ یہ چھ تریمورتی ہند ترییم دیوتا۔ کشیر اندر اوس بڑونہہ کالہ شیوی فلسفک زبردست زور۔ واریاہ لکھ چھ کاشری شیو فلسفن سیٹھاہ متاثر گری ہتی۔ شیو تہ شکتی چھ اکے تصویرک زہ روخ تہ دو شوے چھ اکھ اکس ورئے ناتمام۔ شیو چھ عموماً ننگہ لنگوٹی کرتھ مس نظر گژھان۔ امس چھ ڈیکس پیٹھ ترییم اچھ۔ یہ اچھ چھ یتھ ساتہ مژراوان یلہ امس زکھ کھسہ۔ امہ ساتہ چھ امی سنز یہ ترییم اچھ نار چھکان تہ یتھ بڑونٹھ ییلہ یس تمہ سور کرتھ نژاوان۔ کامہ دیو تہ گو اکہ ساتہ بھگوان شیوہ سنز زکھہ ہند شکار تہ سور گژھتھ پیو۔ | شیو |
| ورخ۔ وز ۔ موت ۔ انت۔ | کال |

| لفظ | مانے |
| --- | --- |
| کأ لی | ماتا پارۄتی ہُنٛد بٔڈِ مالِہ نٲلِ نرأوِتھ خوفناک رۄپ۔ |
| کأ لاس | بھگوان شیوٕ سُند ٹھکانہٕ۔ |
| کامدین | سۄادُر منٛدِنھ یوٚسہٕ گاو تمہِ أنٛدرٕ کھوٚت۔ |
| کامارۄپ | مُحبتُک آکار۔ مُحبتُک دیوتا۔ بر چھُ سانہٕ دیوٕ مالایہِ منٛز کیوٗپڈٕ سُند جوٚرٕ۔ مگر کیوٗ پاڑ چھُ اۄن۔ بیٛاکھ زن کامارۄپس نِسبت ترٛٲہ کتھ چھنہٕ۔ |
| کرٛم | عمل ، حرکت ، کٲم۔ |
| کرمہٕ رۄپ | وِشنوٗ سُند دوٚیِم اَونار۔ اَمہ کٔنٛہِ دِیُت تمو کھیرٕ سۄدرس چھومبہ نِو اَمہِ أنٛدرٕ کھوٗرن اَمرِتھ۔ |
| کرمہٕ یۆگی | یُس عملہٕ ہٕنٛدِ ذرِیہ موکھار حٲصِل کرنُک شوٗنز کرِ۔ |
| کمٔس | أمِس چھُ کنٛس ترٕ ونان۔ یہ اوس بھگوان کرشنٕنس پنٕنٕ مام نِو تُہندِری اَتھہٕ گوٚ مارٕ۔ |
| کشپ | برٛہماسُند نیٚچو ترٕ کینٛہہ چھ ونان زِ یہ اوس برٛہما سُند زُرٕ۔ کشیرِ منلق چھُ مشہوٗر زِ پیٚٹھہ کوٗڈ أمی آب یٚمہِ سیتی زمین نٔنی دٔراوِتہٕ آبادی لٔج۔ |
| کلپ | ژھون یوٗگن ہُنٛد اکھ چکر۔ ژور یوگ چھِ ستیا یوگ ، ترٛیتا یوگ ، دوٲپر یوگ تہٕ کلِ یوگ۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| کمبک | حبس دم۔ |
| کلیش | غم۔ فکر |
| کیوٗل | کٕنڈٕ۔ اَکٕے۔ |
| کھیتری | زون وانَن منٛز دوٚیُم وان۔ کھیٚتری چھہِ سپاہ۔ |
| کھیما | بخشُن، نظر انداز کرُن۔ ماف کرُن۔ |
| کوٗپ | خشم۔ دُکھ، شرارت۔ |
| کورو | پانڈون ہندی بێتری باے۔ یم اُسی دھرت راشٹرنی شُری تہٕ تیداد اوسک اَکھ ہتھ تہٕ اکھ۔ |
| کو | تم جواہر یم سرٛیدر مندیتھ لوٚدٕ کٕھتی تہٕ وشنوہس چھہِ نالی۔ |
| کومبہ کرن | راونُن بوے اُمس اُس شێپ رەتکن نێندٕر رەچوان۔ |
| کنتی | رازہِ پانڈوسنٛز زِٹھ زنانہٕ۔ یدھشٹر، ارجن تہٕ بھیم اُسی اَمی سیے زاہتی۔ |
| کارگی | بھگوان وشنوٗ سُند دٔہم اوتار یُس تَس وُنہٕ دار نے چھُ۔ یہِ اوتار چھُ تَس کلیوگس منٛز دارُن۔ اُمس چھہِ کلکی اوتار نہٕ ونان۔ |
| گایتری | اَکھ تبرک منتر، بھاگوت پورانَس منٛز چھُ درج زِ کلیہ یوگس منٛز یُس صرف اَمی منترک پاٹھ کرِ تَس بنہِ بھوہسرہ تار۔ |

| زان | لَفظ |
|---|---|
| یہٕ مَنتر چھُ رِگ وید مَنتٕر۔ | |
| ژھُر ۔ کھُٹتھ۔ | گُپت |
| رَنگ ، بجر ، تھزر | گنتھ |
| اَکھ جانا وار یُس بھگوان وشنوٗس سوارِ چھُ۔ | گرُڑ |
| وُچھُن ۔ نظرِ کڈُن ۔ | گرٕہشَن |
| واسدیوٗن کوٗل بڑ یمَن ۔ یُس بم کھبانس گورِ مانگیہ گوٚ۔ | گرٕہگیہ ریوٚش |
| اصلی لفظ چھُ گوٚپال، پانہٕ گاؤ رَچھن وول ۔ | گوٗپال |
| گوٗری کورٕ، یمہٕ بھگوان کرشنَس سٟتی گِنڈان آسہٕ۔ | گوٗپیہٕ |
| ییٚمہِ گووردھن پہاڑ کسہٕ پیٹھ تُل ۔ کرشن۔ | گووردھن دارٕی |
| بھگوان کرشُن اَکھ ناو۔ | گووِند |
| سُتی ماتایہٕ ہُنٛد تہٕ شیو ناتھن نیٚچُو۔ دیوتن پیٚیہٕ اَمِس شننٛشچرن نظر۔ یمہٕ سٟتی اَمِس کلہٕ غٲب گوٚ پتہٕ آو اَمِس ہُسی کلہٕ لاگنہٕ۔ کانٛہہ ہوَن بیترِ چھُنہٕ توتام مُت مکمل یوتام نہٕ گنپتس پوٗز یہٕ تھاونہٕ۔ | گنپت |
| ماتا پاروَتی ہنٛز بیٚنہٕ ۔ بُنتھٕ اَتھ بیٚٹھٕ اَمی سٕنٛد بار ہیوٚک نہٕ تُلتھ بہٕ دُرٹ شیو ناتھن پننس شیرس پیٹھ۔ | گنگا |
| سورگکی گیوٚن والی۔ | گندھرو |

| لفظ | زان |
|---|---|
| گوݨ | صِفَت یا خصوصیت ۔ نَگر سِنزِ س گژھِتھ چھُ گوݨ ترٛێن چیزن کُن اِشارہ کران ۔ یِمو منٛز یِمہٕ دُنیاہکی ساری چیز ووتلے ہتی چھِ ۔ گوݨن ہِندی چھِ ترٛیہ بآگ ۔ ستوگوݨ، تموگوݨ، تہٕ رجوگوݨ ۔ |
| لنٛکا | اکھ روایتی محلہٕ خانہٕ ، دُپان اُتھ آسی باہ شُتھ پور ۔ یہ محلہٕ خانہٕ اوس دپان راوݨن تامیر کوٚرمُت ۔ یہ اوس نُنہِ زوٚرِس پیٹھ یتھ اَزکل لنٛکا چھِ وَنان ۔ |
| لکھمی | دولتِچ دیوی ۔ بہر چھُ وشنوٗ سنٛزِ سٕتی بوج ۔ کھیرِ ساگر منٛدنہٕ پتہٕ یم چیز بوٚد لگی تمن منٛز اٚس لکھمی تہٕ ۔ |
| لیٖلا | رَنگ ، وہی ، صِفت ۔ قدرتکہٕ تم گردِش یم انسانس واریاہ کوٚشش کریتھ تہٕ فکرِ چھنہٕ تران ۔ |
| لینٛگ | شیو ناتھُن آکار ۔ استادِ بُت یُس پاٛدا ہیشرِ ہنٛز بُنیاد چھِ تہٕ یتھ بُتھ پوٗزا چھِ کران ۔ |
| ماوٗ | سعوگامس کھبشی یِمہٕ سٕتی دال لادِس گنڈ چھِ کران ۔ کسہٕ اَندر اُنھکس ڈُندِس تہٕ چھُ ماوٗ وَنان ۔ |
| مایا | شراب ، دوکہٕ ۔ بھگوان بُدھ سنٛزِ ماجِہ تہٕ اوس مایا ناوٗ ۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| مادھو | بھگوان کرٛشنہٕ سُند اکھ ناو ۔ اَمیُک مانے چھُ ماتا لکھشمی ہُنٛد مالِک ۔ |
| مارتنٛڈ | ہری یہٕ دیوتا۔ کشیرِ اندر چھہٕ مٹن قصبس تہٕ مارتنٛڈ وناں تہٕ کیاز اَتہٕ چھُ ہری بہٕ دیوتاسُنٛد منٛدر۔ |
| مدشوٗدن | بھگوان کرٛشنہٕ سُند اکھ ناو۔ |
| مکٹہٕ | تاج۔ |
| مکنٛد | بھگوان وشنوٗ سنٛز تھہٕ تاد پوزا چھہٕ امہ ناوہٕ نہٕ سپدان۔ |
| منتر | مُقبرک لفظ یِم بارٕ تہٕ زوردارآسن ۔ یہ چھُ گوڈنیُک زکرنہٕ جاییہ ۔ |
| موٗلادر | یوٗگس منٛزٕ اکھ زکرک ناو۔ |
| منوہر | بھگوان کرٛشنہٕ سُند اکھ ناو ۔ خوبصورت ، مارٕ موٗنٛد ، رٕتیہٕ وُن۔ |
| مہادیو | عظیم دیوتا۔ بھگوان شنکر۔ |
| مہٕہا | پھل ، حاصل ۔ اثر |
| مہابھارت | عظیم رزمیہ ، یہ چھُ ویاس ریشی لیوٗکھمُت تہٕ بھگوت گیتا چھہٕ امیُک اکھ حصہ۔ |
| میتراچاری | دوستی ، بأیہ بندُت |

| لفظ | زان |
|---|---|
| | دوہ کھۄ ٹیس مایا یا زٕنم چھُ دِوان۔ |
| ناب | توٗن |
| نانا | رنگہٕ رنگہٕ ، قسمہٕ قسمہٕ۔ |
| نارائن | وِشنوٗ بھگوانہٕ سُنٛد اکھ ٹوٗٹھ ناو۔ |
| ناتھ | مالِک ، ڈوٗکھ ، دوست ، اَتھہٕ رٹن وول۔ |
| نرسِمہٕ اوتار | آدم جِسمہٕ سِہہٕ سُنٛد کلہٕ کرِتھ وِشنوٗ بھگوان سُند پرہلادس بچاونہٕ باپتھ اوتار۔ |
| نِشپھر | ناکارہٕ ، خراب |
| نَما | نمن ، سلام کرٕنی ، پادن پیوٗن ، پان پُشراوُن۔ |
| نٔندہٕ کِشور | بھگوان شنکر سُند مایہٕ بوٗرت ناو۔ |
| نٔندہٕ گوٗر | بھگوان کرشنہٕ سُند دوہہٕ موٗل۔ یُس گوکُلک دوہہٕ گور اوس۔ دوہہٕ ماجہٕ اوُسس جسدا ناو۔ اوے نہٕ چھِ کرشنس ، جسدا نندن تہٕ وَنان۔ |
| نِواس | روزُن جاے ، ٹھکہٕ پیٹھ۔ |
| نو نِد | نوٗ خزانہٕ۔ |
| نیتر | اَچھ ، چشمہٕ۔ |
| نِتہٕ کرم | ویدو موجب مقرر کرنہٕ آمُت طریقہٕ کار۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| نپسنگ | یُس نہ بٹیہ کانٛہہ سپنتی چھُ۔ |
| نِرمل | داغہ تہ ملہ مش روٚس۔ |
| نِروات | وُارانہ۔ تشنہ یاہ۔ |
| نِروان | بُدھ عقیدِ مُوجُب پنہ گژھنہ لشہ مہ کجار حاصل کرُن۔ |
| نیل کنٹھ | کھیرہ ساگر منٛدان منٛدان کھوت اکھ اتھرہ زہر نہ۔ ہتراژ بچاونہ تہ عام لوکن راچھ کرنہ مُوجُب چیو یہ زہر بھگوان شیون پانس تہ روٹن ہرگہ گلس پیٹھ۔ زہرہ سیتی گو اُمس ہرگہ گل نیول تہ پیوس نیل کنٹھ مطلب نیول ہرگہ گل وول ناو۔ |
| وأر | ا، حسد، نفرت، ضد ۲، لوکٹ باغ یتھ منز سبزی یا پوشہ بیتر ووننہ ین۔ |
| واُراگ | مژر۔ دُنیا تراوُن۔ |
| واسدیو | بھگوان کرشن یُس واسدیوس تہ دیوکی ڈمبہ اوس زامُت، سُہ عظیم قوُت یمیُک جلوہ یتھ ساری سے کاینانس منز نظر چھُ گژھان۔ |
| واسن | کلٕ، فکر۔ |
| وامن | بالشتہ۔ بھگوان وشنو سند اکھ اوتار۔ امہ لٹہ کرٕ تمی |

| لفظ | زان |
|---|---|
| | بُتراتھ ترٛپتھ رامپُن منز بطورِ دان حاصل نہٕ لگہ کرٕن بالی سٕنٛدِ ظلمہٕ نِشہٕ آزاد۔ |
| واوِ لوکہ پال | وایُو سٕنٛد کامثرٕ ناو۔ واوُک دیوتا۔ |
| وِد | زانن وٲلی۔ عقل منٛد۔ ریٛوش۔ |
| وِدھی | قونون، تقدیرُک فٲصلہٕ یُس مقرر چھُ۔ |
| وِدھیا | عِلم، زان۔ |
| وِڈوانٛ | گرٛی بُتھہٕ وُشنیرُک دیوتا۔ |
| وٕراہ | سور۔ بھگوان وِشنوٗ سٕنٛد اکھ اوتار۔ امہٕ وقتہٕ کھوٗرٕ تمہٕ آبہٕ اَندرٕ بُتراتھ۔ |
| وِرود | دُکھ، خشم۔ |
| وِشال | سبٹھاہ بوٚڈ۔ وسیع۔ |
| وِشِشٹ | وِیدُک دوٚرُک مشہوٗر ریٛوش۔ رگ ویدُکی کینٛہہ باگ چھہٕ امی لیکھی متی۔ |
| وِشنو | ترٛہ موٗرتی منٛز دوٛیُم دیوتا۔ یہ چھُ زٕچھِن وول تہٕ پالن وول گنزراونہٕ یوان۔ امی چھہٕ وُنہ تام نوٚ اوتار داری متی۔ |
| وِشوامِتر | اکھ مشہوٗر کھیتری ریٛوش۔ امی کُر سوٚرگہٕ چوٗر مانیکا نیٛتری تہٕ شکُنتلا اُس امی سٕنٛز کوٗر، کالیداسن چھُ مشہوٗر ڈراما |

| لفظ | زان |
|---|---|
| | شُکشلا اَتھو ہَنی یاَر ییٹھ لیُو کھمُت ۔ |
| وِشوکرم | کائِنات تامیر کرَن وول۔ |
| وِگنیان | شوٗد تہٕ پاک عٔلِم ۔زان ۔ پان پرٛزُنہٕ ناوُنچ زان۔ |
| وِیاپک | سأری سے پیٹھ نظر گنٛدَر تھاوَن وول۔ پرٛتھ جایہِ واتَن وول۔ سُہ یُس پرٛتھ جایہِ آسہِ |
| وِیاس | ستیہ وتی ہُند نیٚچو۔ وید چھہِ اَمی ترتیب دِتہِ متی۔ اَمہِ علاوٕ چھُ وِیاس مہابھارت ، دھرم سوتر بیترِ کتابَن ہُند مُصنِف تہِ گنٛزراونہٕ یوان۔ |
| وِیاکُل | پریشان ۔ یُس نہٕ مَن کٔنٛجہِ آسہِ۔ |
| ویتارنی | دوزخُک اَکھ خطرناک دٔریاو۔ |
| وید | ہِنٛدین ہِنٛزہ مُتبرک تہٕ مقدس کتابہٕ ۔ وید چھہِ ژور ، رِگ وید ، یجُر وید ، اتھرو وید تہٕ سام وید۔ یِمو کتابو علاوٕ چھُ براہمن ، گرنتھ تہٕ اُپنشد تہٕ ویدَن ستی گنٛزراونہٕ یِوان۔ تحقیق کرَن والین ہُند وَنُن چھُ زِ رِگ وید چھُ دُنیاہس اَنٛدر سارِوے کھوتہٕ پرانہِ کِتاب۔ سأری وید چھہِ منظوٗم۔ |
| ویدانت | گیانُک اَنار ۔ اُپنشدَن منٛز یہِ فلسفہِ وَکھناونہٕ چھُ آمُت۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| ویٚد | حکیم ۔ ڈاکٹر |
| ویٚژار | تلاش ، ژھانٛڈ ، سوچ |
| ویمان | کیٛاہ پیٚہ اوس یتھ کالک ہوائی جہاز چالِہ کیٛاہ نام ، یُس وُڈان اوس۔ |
| وِرٕن | رٔوس ، وٕرانٛے ، بِغَر۔ |
| وینا | اَکھ ساز ، ناردمنی چھ اَکھ وینا وایان۔ |
| وینایک | دیوتاہن ہُنٛد زیٛٹھ ۔ گنپت صاب۔ |
| وِنتی | گذٲرِش ۔ عرضی۔ |
| وِپنچن | رٕنیاپٕر ۔ خیاپٕر |
| وِپھپہ | تکلیف ، مُشکل ، سختی۔ |
| وِدویاد | گوہناہ |
| ودٕتیم | مُقدٕس ، پاک ، صاف ، شُدٕ۔ |
| وِدٕدٕر | یڈا کابے ، خاکی جِسم۔ |
| ودٕدے | کھسن ، نوٚن گرٕژھن |
| وِدٕمرن | قُربان کرُن ، بلایہ لگُن۔ |
| ودٕھا | یہ چھ شیوہ سنٛزِ ستیہ بورج۔ اَمِس چھ واریاہ ناو ییوٚمنٛز کینہہ ناو ییمہ چھ ۔ بھوانی ، پارٕوتی ، دُرگا ، اَمبکا |

| لفظ | زان |
|---|---|
| | ہیماوتی ، دیوی ، شکتی ، شارکا ۔ بھوانی سہسر نامس اندر چھ اُمِس ساس ناو تہٕ اُمی سٕندی نٔے ناون ہُنٛد چھُ پاٹھ کرنہٕ آمُت ۔ |
| وویک | پاسس تہٕ کھوٗٹس اَنٛدر فرق کرنیچ صلاحیت |
| ہانی | نقصان ۔ خسارٕ |
| ہرنیاکش | اَکھ ظاعلم بادشاہ |
| ہرٕ ژنٛدر | اَکھ پزٕ ی بور راژہ ، ییمِس پوٗز وَننہٕ باپت سیٹھاہ دوکھ میوٗ تُلُن ۔ |
| ہری | بھگوان وشنوٗ سٕنٛد اَکھ ناو |
| ہلدر | بھگوان کرشنہٕ سٕنٛد بوے ۔ یہ اوس سیٹھاہ بُہودُر دیان کرشنٕنۍ یوت اوسنہٕ اوتار ۔ بلکہ اوس ہلدر ییمِس بلرام تہٕ وَنان چھ وشنوٗ سٕنٛد رُوپ ۔ ہلدر جیٛن ہتھیار چھُ آلہٕ ۔ |
| ہنوٗمان | بھگوان رامُن یار تہٕ وانٛدر پادشاہ سگریوٗن سِپہٕ سالار ۔ |
| یادو کول | یُہند خاندانس منٛز بھگوان کرشن زامُت اوس تمہٕ اوس یادو کُہ ناو ۔ |
| یم | موتُک مہ کل ۔ اُمِس چھ دَرمہٕ راژہ تہٕ یمراز تہٕ وَنان ۔ |
| یٔنٛدر | ویدک دورُک اَکھ زبردست دیوتا ۔ یہ چھُ سعہ رگُک |

| لفظ | ذان |
|---|---|
| | بادشاہ ۔ ژنداوستایہ مٔوجب چھُہ یِٔثمہ واعرائی ہُنْد دیوتا ۔ |
| یٔگدرَ ے | حَواس خمسہ ۔ |

# شیوٕ لگن

## آردھنا

رَسہٕ پوٗرٕ نہٕ پرٛمٕ سَدا شیوٕ
سَت ژٕ ہیتھ آنَنٛدٕ وِگیانہٕ روٗپٕ

دین جاگنٕ نُورٕ نَدٕ اَشٹہٕ سِدیہٕ     زوٗن ہشدٕ کرتا نَدٕ
گَلہٕ اَمرٕ ہیتھ ہیمو پچھوٗ
سَت ژٕ ہیتھ آنَنٛدٕ وِگیانہٕ روٗپٕ

اَمری شعورٕ ژٕ ہیتھ زُنیہٕ بِشلا     اُمراوتی ہہ ہیتھ پوٗرنہٕ کلا
پیٛیہٕ اپشہٕ پیٛیہٕ اپشہٕ کم نہٕ پیچھ
سَت ژٕ ہیتھ آنَنٛدٕ وِگیا نہٕ روٗپ

سارِ نیٛے اَنانتھن رَچھہٕ وِشات     داٗرِتھ اوتار وَیکھو شٹھ ناتھ
یِہٕ بوٗرٕ سرٕ میٛتھنہٕ پھٹوٗ
سَت ژٕ ہیتھ آنَنٛدٕ وِگیانہٕ روٗپ

دُرِتھ گُپتِ یا ٹھۆ دَرِتھ گُمھا     تُوکن ہنٛرٕ پٛرٕ گُفا مُفا
شہہ اندرتے نمبر لہہ پھوٗ
سَت ژٕ ہیتھ آنَنٛدٕ وِگیانہٕ روٗپ

آمُت وَرنے ژٕ پارؤتی     دَکھہٕ پٛرِزا پَتیٛنو شکتی

گرِ ہیمالَن زِ آکھ ژوٚن

ست ژ ہتھ آنَنْدِ وِگیانہٕ رُوٗپ

کوٚمبہٕ بَچہٕ بَچنا چونۍ کرِ    گاگرِ منٛز ییٚتھٕ ژٕ ساگرِ

زیوٗدِم ترٛژھ میٚتھ زِ گیٚٹ گیوٚ

ست ژ ہتھ آنندِ وِگیانہٕ رُوٗپ

کوٚہِ بجہ گرِ سمواد کرُہتھ    یوگہِ بَرِہتھ تہٕ وِگیانہٕ بَرِہتھ

اَنتر موٚکھ ژ ہتھ اَتہٕ بوٚپہٕ

ست ژ ہتھ آنندِ وِگیانہٕ رُوٗپ

گنہٕ گنہٕ وِدامت ژٕ سَتہٕ پٹھ    سَتہٕ سنٛکلپہٕ سیٚتہٕ سیٚتو ستی

دوتکھ ییٚتہٕ وَدَن رام جوٗد

ست ژ ہتھ آنندِ وِگیانہٕ رُوٗپ

سیتا ہیٚمرژ اُسَس راوَنَن    رامہٕ جو تُہ تنتہٕ مُراد وَنَن

لیلہٕ وائی کرَنٛتہٕ تہٕ ژھانٛڈتوٚپ

ست ژ ہتھ آنندِ وِگیانہٕ رُوٗپ

دأرِتھ ژٕ منہٕ دارنایہٕ دھیان    سنٛنیاسہٕ یوگہِ رامہٕ رامہٕ زبان

اتہٕ بوٚہ سادنایہ پزٕ نیوٚ

ست ژ ہتھ آنندِ وِگیانہٕ رُوٗپ

دوٗرِ دوٗرِ کرُو ھٹس پادِ پرٛنام    ست ژ ہتھ آنندِ بولا بولارام

گوٚ پیٚتہٕ نٕتہٕ برٛم سَنتو یہ گوٚپ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

وُدیستہٕ بیٚیپہ کٕرٕ سیتہٕ شٕستی    سٲمی سٕے سٲمی سِپٕھے

پرٕماتما ہا یہٕ را گوٗہ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

دوٗپ ھَس شوٗ جیہ یوٗ ہے یوٗہنے    ژٕزیکس منز پِھجے یوٗ ہے

بیاکہ چھٕنہٕ کوٚانٛژا زٕ دوٗیہ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

یُژھہ چانٕہ قس چھیٚنہٕ پٕژھہ بٕڈان    اوٚدیایہٕ مَن پھِس مٕھہ کٕڈان

اَسہٕ تٕہٕ ماتیٚوات دٕ نیچھہ زٕ ھیکوٗہ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

شٕنکایہٕ منٕہ سیتٕہ سیتہٕ موکھ    توٚت آیہٕ سنمودکھ تہٕ وِموکھ

منٕہ شٕنکا زٕ کاسہا بہ یوٗہ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

زون ہے مٕے سیتا رام چھُنا    یَہ قس روٗس وِشرام چھُنا

نتہٕ چھاشہ یِس دٕنہٕ دوٗو زوٗہ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

بٕرم وُچھتہٕ سمسار زاگی زٕکیا    اَتہٕ کیا نوٗجہٕ دٕ تہٕ پٕزاگی زٕکیا

نَنٛشہٕ پٕڈرٕیہٕ باز بوزٕ دِوٚیہ توٗہ

ست ژٕیچھ آنَنٛدٕ وِگیانٕہ زوٗہ

رامہٕ جیوتورٕ تس یی کیتھہٕ وُنی    پَنٕہ وَرتا ژَر پَنٕہ کُنہ زٕنی
بازسس برسیہٕ گوٚ سو دٕوٕہ
ست ژٕ یتھ آننشدٕ وِگیانٕہٕ رٕوٕہ
پھیرِتھ شرمہٕ سیتو آیہٕ شژن    میتھ زٕ کیا بیوٚ کھنم پرمیشون
کس دٕنہٕ پانسس میٚے پانہٕ گوٕ
ست ژٕ یتھ آننشدٕ وِگیانٕہ رٕوٕ
رٕوٕ ونت شوٕ ناکھٕ ہیتھ نہٕ سماد    دیوی سر تس سعہ کہٕ دوہ باد
کرہ کھیما شونٕہ بوزٕ دٕوٕہ
ست ژٕ یتھ آننشدٕ وِگیانہ رٕوٕہ
دامہٕ بھوگ آسن بُسن چھُ آسن    سنمعو کھ نژٕ اُونس مرگازن
اتہٕ بنیہٕ سپنا چُھک نٕہ یوٚ
ست ژٕ یتھ آننشدٕ وِگیانٕہ رٕوٕہ
یی کھوت ستہٕ زٕ پرایا چیتھ    مُہٕ مس پچیتھ مُہہ نہٕ مایا ژٕ یتھ
لگ ہرٕ شکرن ڈوٚج زٕ پکوٕ
ست ژٕ یتھ آننشدٕ وِگیانٕہ رٕوٕہ
لَرٕ لجُر ستی وتکیپہٕ دُشے    ہیٚتہٕ بہیتھ کوہ پژٕ بو سیٚشے
دِنہٕ تیمہٕ نے یمن میٚے دوہٕ چوٕہ
ست ژٕ یتھ آننشدٕ وِگیانٕہ رٕوٕ
کُرٕ گنڈِتھ توٕ عرض کران    شیوٕ ششندٕ دھیان منہٕ منزٕ ران

ہمیوشہ وَرشان اُشہ پُوہ
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ
ہُلِس ماجہ ہُند سرتیہ زِگنیئوم　ڈوہ وڈی سری سری مے ژوُر وُنیوم
وَرشِہ کے دَرشِنہٖ پھوہ پُوہ
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ
دَکھِہ پرِہ پزاپت یکیتھ کران　کورِ زامہ ترشان گرٖ بران
پرانہٖ خھہ جبہ مو کھمت سہ بھیرو
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ
پرژون کوکپہ وبگلت آو نوتو　تمے تمِن کیتھنے کُن نہ تھوئو
کال دِپہ دِہہ بتول دوہ تھوہ
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ
وَننے ما ووٗ نمت چھہ سوال　مالیکن آسہ کیا تہٖ ماتا مال
دُن اوس شیوہ دوہ ذ بہ یُدوہ
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ
دپوی پھیپرِہتھ وَنہ س وننت　ہی شیوہٖ چھمنہٖ ڈنجہ روزان ژہ ہتھ
بوز کہتھ بزہٖ ہر چھوہ میتنہٖ پُوہ
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ
کینسو سند گرٖ یانہٖ پرٗدپاس　سو یم آگھتھ ووٗنکھہ زبٹس نواس
کُوٹس گرٗھن یانہ داُذ یہ دوہ یُدرٖ
ست ژ ہیتھ آنشدِ وِگیشانہٖ زوہ

دپور لون زان کم کتھ مٹے ڈیکہ پیس پہ لیوکھمت تہ کیتھ ہٹے
بوزنس پہ ژکہ ہوت ونان شیوہ
ست ژیتھ آنند وگیا نہ روہ

ان ارتھ گتھ دتہ روژہ پربھاو اناد رسس ناو بھاو ژہ بھاو
وتہ گژھ وہ بتھ کیا نہ بازوہ
ست ژیتھ آنند وگیا نہ روہ

اگنیا زانن ژہ کتھ پژھی کرہ پیکھ تم تہ تی پیژھی
پنکھی زن تہ ادس وڈوہ
ست ژیتھ آنند وگیا نہ روہ

شیو لوگ اسنس تہ کوپہ ہٹے آدانت وونمت موت ہوتے
روٹمت وہ ژنہ زانہ نہ منوہ
ست ژیتھ آنند وگیا نہ روہ

## ستی ماتا پہ ہند مالین واتن

سوستی ہیلہ دکھین دیش واژ وچھنس آیاس مالنو باژ
دیپہ نے زسوالس ادہ کوہ
ست ژیتھ آنند وگیا نہ روہ

